کنٔے یُس یٖیمہِ آیہِ چھُ۔




امہِ نظریہ مطابق چھُ زبانہِ ہُند سوٗرے وو پزٕ آوی قوت جُملیاتس منز تہٕ معنٔیات Semantics چھُ تشریحی۔ زیریں ساخت چھِ تغیر وٕستی بالا ساختن زایُن دِوان تہٕ باوٕ ژھُند معنویات چھُ زیریں ساختو پیٹھ وو پدان۔ تہٕ زیریں ساخت چھِ جُملیاتی۔

چامسکین کوٚر تجویز زِ عالمہِ چن تمام زبانن ہُند ہیکہِ تقابلی مطالعہ کرنہٕ یِتھ؛ تمن زبانن پانہٕ وٕنی کانہہ نسبی رشتہٕ آسہِ یا نہ آسہِ۔ امہِ اعتبارٕ چھُ یہِ نوٚ ولسانیات گنٕو ہمہِ صدی ہندِ تقابلی زبانیاتہ نِشہ مختلف۔

طریق کار گژھِ یہِ آسُن زِ گوڈٕ یِن مقابلس منزاننہ آمژن زبانن ہندی پٔنٕی پٔنٕی مخصوص انہار بد کڈنہٕ تہٕ اَدٕ یِیہِ تِہُند تقابلی مطالعہ کرنہٕ۔ امہِ اندازٕ یُس تحقیق شروع سپُد تتھ چھِ عام پأٹھی Contrastive Linguistics ونان۔ امہِ قسمک

مطالعہ چھُ بہر صورت یُتھ سمتی روزان نہ زِ اوک سمتی ۔ امیُک طریق کار چھُ یتھہ پأٹھۍ:

الف:

اکھ آفاقی پزر (آپ) یُس زبان ز[1] منز آپ [1] بنتھ ظأہر چھُ سپدان ،کتھہِ پأٹھۍ چھُ زبان ز[2] منز دریٹھۍ گژھان۔

بے:

یہ دریافت کرن زِ زبان ز[1] تہٕ زبان ز[2] درمیان ہشر یا بیٖن ،کتھہِ پأٹھۍ چھُ تمو زبانو منز کانہہ زبان ہیچھ نچہ عملہِ منز مثبت یا منفی مداخلت پأدِ کران۔

آفاقی پزر چھِ صوتیأتی ، مارفیمیأتی ، جُملیأتی تہٕ معنویاتی۔

## حوالہٕ :

1. Aristotle

2. Quintilian

3. Horace, *De Arte Poetica*, 72.

4.Leonard Bloomfield,1933. *Language*. rpt. New Delhi :Moti Lal Banarsidas,1964.

5.Smauel R. Levin, " Comparing Traditional Grammar and Structural Grammar" in Harold Byron Allen, *Readings in Aapplied Linguistics*, London : Appletan-Century-Crofts, Inc. 1958.

6.Green berg, Osgood, Jenkins, " Memorandum Concerning Language Universals", in *Universals of Langue*. ed. J.K.Greenberg. Cambridge : The M.I.T Press, 1966. p. xv.

7.Chomsky, *Aspects of the Theory of Syntax*, p. 72.

# 2

# کأشِر زبان

## 2.1 زان

کأشُر یا کأشِر زبان چھےٚ اکھ قدیم زبان یُس کشیرِ منزٕ، کشتواڑ، راجوری، بھدرواہ، پوگل پرستان، رامبن، پرونژھ تہٕ امہِ چھن باقی أندی پکھی کینژن وادین منز بولنہٕ یِوان چھےٚ ۔کأشر بولن وول علاقہٕ چھُ lat. 34° 5'N تہٕ long. 74° 48'E ۔ یہ چھےٚ کأشرێن ہنز مادری زبان ۔امہِ کێن بولن والێن ہُند تعداد چھُ تقریباً اکھ کرور ۔2001 ءچہِ نامکمل مردم شماری مطابق اوس کأشرێن ہُند تعداد 53,15,096 ۔[1]

## 2.2 قدیم کأشرِ تہٕ تِہنز زبان

کأشِر زبان چھےٚ تِمن خانہٕ بدوش آریایی قبیلن ہنز زبان یِم شمال مغربی بالہٕ وَتو قدیم زمانہٕ پێٹھ یورٕ تِتھ ییٚتہِ آباد گژھان روٗدی ۔ یہ زبان أس تمہِ برونہہ تہِ وجود تھوان یێلہِ اشوکن قبل مسیح ترٛیمہ صدی منز کشیرِ پێٹھ حملہٕ کوٚر، یہِ بنأوِن پننہ سلطنتک حصہ تہ شمألی بھارٕتکی ساسہٕ بُدی بودھ بِھکشو آیہِ یورٕ تہٕ کوٚرُکھ ییٚتہِ بودھ تہذیب استوار۔ تمہِ برونہہ چھِ ییٚتہِ ساسہٕ بدیٛو وٗری یو پێٹھٕ لُکھ بسان آمتی ییٚمیک ثبوت بُرزٕہامکی تہٕ گوپھ کرالکی تہٕ باقی جاین ہندی آثار چھِ ۔یِم آثار چھِ کم کھوتہٕ کم ڈاے ساس قبل مسیح زمانکی مانہٕ یِوان ۔یِمن آثارن ہُند تجزیہ چھُ

یِمیک ثبوت بُرزٕہامکی تہٕ گوپھ کرالکی تہٕ باقی جاین ہندی آثار چھہِ۔ یِم آثار چھہِ کم کھوتہٕ کم ڈاے ساس قبل مسیح زمانکی مانِنہٕ یِوان۔ یِمن آثارن ہُند تجزیہ چھُ ہاوان زِ قدیم کالی کأشرین چھُ وسط ایشیا کین قومن سٕتی سیٹھاہ قریبی تہذیبی رشتہ اوسمُت۔ یِمنٕے قدیم کالی کأشرین چھہ قدیم سنسکرت کتابن منز پشاچ ناو تھاونہٕ آمُت۔ پشاچ چھُنہٕ لہٰذا کانہہ نسل یا قوم بلکہ رٲژھ۔ (نیم وحشی نیول ماز کھینہ وٲلی۔) نیل مت پرانس منز چھُ قدیم کالی کأشرین ''نانگ'' تہٕ وننہٕ آمُت۔ یِم پشاچن تہٕ بروٚنہہ کشیر منز آباد أسی۔ (نیل مت پران داستانوی نظم چھےٚ ہیٚ مہِ صدی عیسوی منز تخلیق سپٕزمٕژ یوٚ دوٚے داستان تمہِ بروٚنہہ تہٕ موجود آسہِہ۔) ناگن متعلق چھُ اَتھ نظمہ منز وننہٕ آمُت زِ تم أسی ''کدرو''، ''گرُد'' تہٕ ''اَرُن''، پکھشین ہندی اولاد۔ گرُد تہٕ اَرُن چھہِ ''وِنتا'' ہندی نیٚچوی:

कद्रोश्च तनया नागा विनतायास्तथा सुतौ ।

गरुडारुणौ विज्ञेयौ पक्षिणां प्रवरौ नृप ।। [2]

سنسکرت وِدوانَو چھہِ ناگ اَسُرن ہنزٕ اکھ ذات مانٕمٕژ۔ مگر یورپی محقق ہنز راے چھےٚ زِ یِم أسی تم قدیم خانہٕ بدوش یِم جنوب-مشرقی-یورپی وُڈرو (Steppe) پیٹھٕ ژٔلتھ آمٕتی چھہِ۔ یِمے قدیم کالی قبیلہٕ (یِمن ناگ وننہٕ آمُت چھُ) تہٕ وسط ایشیائی قبیلہٕ (یِمن پشاچ وٚنِکھ) چھہِ قدیم زمانہٕ پیٹھٕ کشیرِ منز بسان أسی مٕتی تہٕ کأشر زبان چھےٚ تہنزٕ زبان۔ یَتھ پیٹھٕ قبل مسیح ترٚیمہِ صدی پیٹھٕ پالی تہٕ سنسکرت زبانن ہُند اثر پیوٚمُت چھُ۔ وول گوٚیہِ اثر چھُ لفظن تامٕے محدود تہٕ کأشرِیک آدِ کالی ساخت چھُ برقرار روٗدمُت۔ جنوب-مشرقی یورپی

زبانن ہِستی صوتیاتی، مارفیمیٲتی تہٕ جُملیٲتی ہِشر تہٕ ہِند آریایی زبانن ہِستی مکمل بیٚن چھُنہٕ اوٚ ہِکنہٕ نظرانداز کرُن لایق۔
ہندوستانکی سنسکرت زانن وٲلی برہمن تہٕ باقی پراکرت بولن وٲلی آیہ کشیرِ سٲتی مہِ صدی عیسوی منز۔ ہمالیہ چھِ یتھ وادی ہِستی اوس تمن روحانی رشتہٕ، مگر تتھ ہِستی اوس یٚیتیک آب وہواتہٕ ییٚتہِ وفور کھیٚن چیٚن تہِ تمن کشش کران:

कशमीरं यस्यम: तलाओदनं बक्ष्यम।

(واہی !أسی کشیرِ واتنی ییٚتہِ سولبوسولبو کھیٚن چیٚن چھُ۔) 3

## 2.3 کأشریک لسانی نسبی رشتہٕ

### 2.3.1 کأشُر تہٕ ہِند آریایی زبانہٕ

کأشِرس منز سنسکرت لفظن ہنز کثرت نظرِ تَل تھوٗتھ لیوٚکھ 1875 ء منز گوڈنچہ پھِرِ جارج بُہلرن زِ کأشِر زبان تہِ چھےٚ باقی پراکرتن ہندی پأٹھی اکھ پراکرت۔

Kashmiri is a Prakrit, one of the languages descended from Sanskrit, or rather from one of the dialects out of which classical Sanskrit was formed. 4

ووں گو کأشریک بیوٚن تہٕ بدون انہار نظرِ تَل تھوٗتھ لیوٚکھ تمۍ ہِستی یتہِ:

It differs, however, very considerably from all its Indian sister tongues. Nearest to it comes Sindhi, but the differences from Sindhi and Kashmiri are greater than

those between Sindhi and Gujrati and Hindi.[5]

بُہلرس تہٕ باقی محققن آسہے لأزماً کأشرِ زبانہِ ہندٕین تِمن مخصوص لسانی انہارن کُن توجہ گوٚمُت یمو کِنہِ یہِ باقی ہندوستأنی زبانونِشہِ مختلف چھےٚ۔

2.3.2 کأشرچہ غیر ہندآریایی پھیرِ ہاو خصوصیژ:

2.3.2.1 صوتیات

i۔ کأشرس منز چھِ ژور مُنزِم مصوتہٕ: /إ/،/إ/،/ٕ/،/ٔ/ تہٕ /أ/۔

ii۔کأشرس منز چھُ بروٚنٹھِ-سوٚم-ژھوٚٹ مصوتہ: /ے/

iii۔کأشرس منز چھُ پوٚت-سوٚم-ژھوٚٹ مصوتہٕ: /وٚ/

iv۔کأشرس منز چھُ پوٚت-بوٚن-ژھوٚٹ مصوتہٕ: /و/

v۔کأشرِ کی بروٚنٹھِ-تھٕدی زِ مصوتہٕ /ِ/ تہٕ /یہ/ چھِ اوٚ کِنی مختلف زِیمن چھےٚ گوڈٕ تالرن یوان، یعنی /ی/+/ِ/ تہٕ /ی/+/ی/۔ یِم ہیکو کھ مصوتہٕ مِلی تہٕ زأنِتھ۔

vi۔ کأشرِیک پوٚت-سوٚم-زیوٚٹھ مصوتہٕ /و/ چھُ ہندآریأیی /و/ نِشہِ مختلف۔ یہِ چھُ مصوتہٕ میٖل: /وٚ/+/ے/۔ مثلاً: اور، چور، بوز......

vii۔کأشرس منز چھےٚ تالرن غألب تہٕ یہِ چھےٚ باقی مصوتن بُتھِ یوان۔

/ی/+/ے/ (مِ: دیٖد، سیٖکھ، ریٖل، کریٖکھ)

/ی/+/آ/ (مِ: ہیٚاے، میأنین، پیٚالہٕ)

/ی/+/ے/ (مِ: کیٖل، نیٖک، کیٖتھ)

/ی/+/وٚ/ (مِ: ٹیوٚٹھ، لیوٚٹھ، لیوٚل)

/ی/+/و/ (مِ: نیٛوٹھ ،گژیٛوٹھ)

viii۔کأشرس منز چھےٚ اندتالرن /ی/ ۔(مِ: کُلی ،بڈی ،شُری ،آسمأنی ، ہُپأری )

ix۔کأشرِ منز چھِ ژ زیٛوٗ ئندی ،گٔھری :/ژ/ تہٕ /ژھ/

x۔کأشرِس منز چھِ نہٕ ئزی ہکأری تھوٚپی :/بھ/،/دھ/،/ڈھ/، تہٕ /گھ/۔

2.3.2.2۔ مارفیمیات

i۔کأشِر زبان چھےٚ سیٹھاہے لگی سأو(inflectional) زبان۔ پرٕتھ کانہہ کتھٕ انگ (part of speech) چھُ تعداد، تانیث، کیس تہٕ کالہٕ مطابق لگی رٹان تہٕ أندٕری صوتی-مارفیمی بدلاو ہاوان۔ مثلاً: '' پرٕمژ'' لفظک صوتی-مارفیمی ساخت چھُ یتھٕ پأٹھی:

(ان ت[ گوڈنیک + وأحد + مذکر/مونث + کراول + ]} + پتھ کال +

پوٗرٕ لوٚگ + {وأحد + مونث + مفعولی ]})

ii۔کأشرس منز چھُ اشارٕ پرناوٕت ترٛ قسمی:

یہِ (نکھٕ، نوٚن)

ہُہ (دوٗر، نوٚن)

ہُہ /سُہ /تہِ (دوٗر، اَدر ییٹھی)

iii۔سارنے پرناوتین چھُ جنس،تعداد تہٕ حالژ مطابق صوتی-مارفیمی بدلاو سپدان۔

iv۔ ڈکھٕ کراوٕت چھُ فاعلی حالژ منز تتھٕی ناوتس ستی ہشرن ہاوان یُس امہِ بروٚنہہ اتھ نکھٕ آسہِ ،مگر مفعولہ حالژ منز چھُ تتھی ناوتس ستی ہشرن ہاوان یُس اَتھ

پتہٕ ستی آسہ ۔ م:

اکھ ژٕر، ژور بُلبُل تہٕ اکھ کاو چھُ گُلس پیٹھ۔

مےٚ پر ژور چِھہ، اکھ اخبار، تہٕ ژٕ رپورٹ۔

۷۔ کأشرِس منز چھُ باوتھین تہٕ ناوتہٕ کِس جنسس، تعدادس تہٕ حالتس مطابق ہشر نہٕ پھیرِ یوان۔ م: رُت، رٕتی، رٕژ، رٕژٕ، رٕتس، رٕژِ، رٕتی، رٕتیو، رٕژِ، رٕژو، رٕتیک...... بیترِ۔ صرف چھُنہٕ تمن باوتھین یہ پھیرِ یوان یم فارسی پیٹھہ آمتی چھہ۔ م: خوبصورت، بد، ردی، ذلیل، کمینہٕ بیترِ۔

## 2.3.2.3 جُملیات

کأشرِ جملک بنیادی لفظہ ترتیب چھُ ہِند آریایی زبانو نِشہ بالکل مختلف تہٕ یہِ چھُ یورپی زبانن ستی ہشر تھاوان۔ جملس منز چھُ کراوتی ترکیبک کالہ ہاو حصہ ہر حالہٕ دوٚیم جاے رٹان۔ م:

تم ژٕلی بالہٕ اپور۔

اسہِ وُچھ کم کم ستم۔/ کم کم ستم وُچھ اسہِ۔

جأری کالس منز یوٚ دوٚے کأشرِس جملس منز راے کراوت جملہٕ کِس اندس پیٹھ تہٕ نموٗن مگر کالہٕ ہاوڈ کھ کراوت چھُ توتہٕ دوٚیم جاے رٹان۔ م:

أسی چھِ چیوان چاے۔/ أسی چھِ چاے چیوان۔/ چاے چھِ چیوان أسی۔

پیٹر ایڈ وِن ہک چھُ اِکنی کأشرِ زبانہٕ اکھ V/2 زبان مانان۔ سُہ چھُ لیکھان:

... it is a V2 language, like High German and some modern North European languages, in which the finite verb follows, not the subject, but whatever sentence -level

constituent comes first, be this a noun phrase or other. [6]

کأشِر چھِ پھیرِ ہاو غیر ہند آریای خصوصیژ نظرِ تل تھوِتھ مأنی گریرسنن یہ زبان باقی ہند آریایی زبانو نِشہِ بیٚون زبان۔ سُہ اوس گوڈنیک محقق ییمی کأشرِ زبانہِ ہُند غیر ہند آریایی انہار پرٛزنووتہٕ تیٚمچ کٔرن وضاحت۔ کأشریک منفرد لسأنی کردار نظرِ تل تھٔوِتھ دیُت تٔمی جنوب-ایشیایی زبانن ہندِ اکہِ الگ ذیلی خانداںک تصور یَتھ تٔمی پشاچی یا دردی زبانن ہُند گروپ وٚون۔ یہِ گروپ چھُ اکہِ پاسہٕ سنسکرتی زبانو تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ ایرأنی زبانو نِشہِ مختلف۔
گریرسنن لیٚوکھ:

> ... The Pishacha languages, which include the Shina-Khowaar group, occupy a position intermediate between the Sanskritic languages of India proper and Iranian languages farther to their west. They thus possess many features that are common to them and the Sanskritic languages. But they also possess features peculiar to themselves, and others in which they agree rather with languages of the Iranian family... That language (Kashmiri) possesses nearly all the features that are peculiar to the Pishaca and also those in which Pishacha agrees with Eranian. [7]

گریرسن نہِ لسأنی ورگہٕ باگیہِ مطابق چھےٚ دردی زبانہٕ تِمہٕ سارے زبانہٕ ییم دردستان [8] پہأڑی علاقن تہٕ وادین منز بولنہٕ یوان چھےٚ۔ ییمن زبانن منز چھےٚ کیٚنہہ اہم زبانہٕ : کأشُر، شنا، کھورا، چترألی، کافر، تہٕ کوہستأنی۔ تُٔمی ہِندِ وننہٕ چھےٚ

کأشرِ چہ کیٚنہہ جغرافیایی بولہِ : سرأج، راأمبٕنٛ، پوگلی، تہٕ کشتوأڑی۔




مگر حقیقت چھےٚ یہ زِ کأشرِ ورأے چھےٚ سارِنیٚے "دردی" یا "پشأچ" زبانہٕ ہراعتبارٕ ہِند آریایی زبانہٕ تہٕ کینٛہہ ولفظوورأے چھنہٕ یِمن سارِنٕے زبانن کأشرِس ہٕتی کانٛہہ تہِ ہِشر۔ کأشرِ ورأے چھُ یِمن زبانن سُے صوتیأتی، مارفیمیأتی تہٕ جُملیاتی کرداریُس باقی سنسکرتی زبانن، یعنی پراکرتن چھُ۔

گریرسنس اوس پانس تہٕ اَتھ لسأنی ورگہٕ باگیہٕ پیٚٹھ شک۔ تٔمی لیوٚکھ بیٚیس جایہِ:

.. the claim locally urged that it (Kashmiri) is essentially a Sanskritic language persists , and in view of the historical fact that the Valley of Kashmir, before its conversion to Islam, was wholly populated by Brahmins with their Sanskritic lore, that claim might merit reconsideration . [9]

گریرسنن تٔل کأشرِ زبانہِ ہندِس نسبی رشتس متعلق اکھ مفید بحث یُس ازتام جأری چھُ۔ گریرسنس ستی کوٚر اکثر محققو اختلاف دردی لسأنی خاندانک تصور گو تیوٚت عام تہٕ مقبول زِ اتھ چھےٚ عالمی سطحس پیٹھ سند میچھرٕ۔ شمال مغربی علاقن منز واقع یمن زبانن پیٹھ چھےٚ مسلسل کأم سپدان۔ اکثر محقق چھِ یتھ رایہ پیٹھ متفق زِ دردی زبانہٕ چھےٚ موٗلہٕ تلہٕ ہند آریأیی زبانے یِم دشوار گذار علاقن منز آسنہٕ کِنہٕ باقی ہند آریایی زبانوَ نِشہِ ژھیٚنہٕ چھےٚ گمژٕ۔ مارگسٹاریَن چھُ لیکھان:

...contain absolutely no feature which cannot be derived from old IA. They have simply retained a number of striking archaisms, which had already disappeared in most Prakrit dialects....There is not a single common feature distinguishing Dardic as a whole, from the rest of the IA languages, and the Dardic area itself is intersected by a network of isoglosses, often of historical interest as indicating ancient lines of communication as well as barears . [10]

کأشُر زبانہِ ہُند منفرد صوتیاتی، مارفیمیاتی تہٕ جُملیاتی کردار وچھتھ چھےٚ کأشرِ کس لسأنی نسبی رشتس متعلق لہٰذا سارہِ وے کھوتہٕ معقول یہ راے زِ سنسکرتس ءستی قریبی تمدنی رشتہٕ آسنہٕ باوجود چھےٚ یہ زبان تمام ہِند آریایی زبانو نِشہِ بیوٚن زبان تہٕ اَتھ چھُنہٕ ''دردی'' زبانن ءستی تہٕ کانہہ ہشر۔ یہ زبان چھےٚ سیٹھاہ قدیم زبان یوٚسہ تِمن قدیم کألی خانہ بدوش آریاہن ہنز زبان چھےٚ یِم وسطہ ایشیاچہِ وتہِ جنوب-مشرقی یورپی وُڈرو (Steppe) پیٹھہٕ چھوکوچھوکو یور ءتھ یِتہٕ آبادٕ گمٕتی چھہِ۔ یہ گتھ چھُنہٕ نظر اندازکرنس لایق زِ کأشرِکی اکثر مصوتہٕ تہٕ کینہہ مصمتہٕ چھہِ مشرقی یورپی زبانن خاصکرِتھ سلوویک (Slovak) زبانن ءستی ہشر تھاوان نہ زِ سنسکرتی تہٕ ایرأنی زبانن ءستی۔ امیک مارفیمیأتی تہٕ جُملیأتی ساخت تہٕ چھُ یِمنےٚ زبانن ءستی رلان۔ یوٚ دوٚے بُدھ مت تہٕ ہندومت ءکس اثرس تل روٗزِتھ کأشرِس منز ساسہٕ بُدی لفظ سنسکرت پیٹھہٕ آمٕتی چھہِ، مگر لفظیات ءکس بنیادس پیٹھ ہیکو نہ کُنہِ زبانہِ ہنز ورگہٕ باگنےٚ کرِتھ تِکیازِ تمدنی پس منظر بدلنس ءستی چھُ زبانہِ ہُند لفظہٕ راش تہٕ بدلان۔ ازکل یُس کأشُر بولنس تہٕ تحریرس منز ورتاونہٕ یوان چھُ، تِمکی اکثر لفظ چھہِ فارسی پیٹھہٕ آمٕتی۔ تمیک مطلب چھُنہٕ یہ زِ کأشر زبان کیاچھےٚ فارسی منزٕ دراہمٕژ۔ ووٗنی چھہِ وارِیاہن فارسی لفظن ہنزٕ جاے انگریزی لفظ رٹان۔ کأشرِ زبانہِ ہُند قدیم کألی لسانیأتی انہارُک اکھ مختصر خاکہ چھُ ہیرِ کنہِ دِنہٕ آمُت، یہ چھُ زیرِ بحث راے ثابت کرنہٕ باپت سیٹھاہ۔

(وچھو: کأشرِچہ غیر ہندآریایی پھیرِ ہاوخصوصیژ)

## 2.3 کأشرِس پیٹھ باقی زبانن ہُند اثر

کأشُر زبان چھےٚ قبل تاریخی دورِ پیٹھ کأشرین لُکن ہنز ورتاوچ زبان روٗزمٕژ۔ اَتھ چھُ پنُن اکھ مخصوص بولن وول علاقہٕ تہٕ اکِہ زندٕ قومُچ زِندٕ زبان آسنہٕ کِنۍ چھُ امِہ زبانہِ تِمن سارنٕے زبانن ہندۍ لفظ رٔٹۍ مِتۍ یِمن زبانن ستۍ مختلف دورن منز اَتھ تمدنی رشتہٕ بنیوٚو۔ زبان چھےٚ بیٚین زبانن ہندۍ لفظ یا تہٕ ضرورتہٕ باپت رٹان نتہٕ سمأجی مرتبہٕ کِہ غرضہٕ۔ کأشریو اگر کانہہ چیز یا تصور پننس تمدنس منز شامل کوٚر تہٕ تمہِ باپت اوسُکھ نہ بروٚنٹھے کانہہ لفظ بدس، سُہ چیز یا تصور آو پنُن ناو ہیٚتھ۔ یا اگر کُنہِ دورس منز کانہہ وو پرقوم غالب سپُد، کأشریوٚ رٔٹۍ سمأجی مرتبہٕ پٔژھی غالب قومہ چہِ زبانہِ ہندۍ لفظ تہِ۔ کأشرِ کۍ لفظ رودۍ اِوٚ کِنۍ پریٚتھ دورس منز بدلان، مگر امیک بنیادی ساخت یعنی صوتی، مارفیمی، تہٕ جملیأتی کردار بدلیوٚ و نہٕ۔ زبانہِ ہنز اصل پرزنتھ چھُ زبانہِ ہُند بنیادی ساخت نہ زِ امیک لفظہٕ راش۔ لفظ روزن ییٚتہِ یورتہِ بدلان تہٕ واریاہ لفظ گژھن متروک۔ اکھ زٕ مثالہٕ چھےٚ یتہٕ پأٹھی:

ماوس ← پیٚن ← قلم ← کأنۍ ← ϕ

ای بُک ← بُک ← کتاب ← پوٗتھی ← ϕ

ازیم لفظ اِسہ نٔوۍ تہٕ سمأجی طور لگہار باسان چھِ، کیٚنہہ وٕری گژھِتھ آسن تِم متروک گمتۍ تکیازِ تِمن لفظن ہندۍ چیزٕ ے آسن نہٕ۔ الیکٹرانِک چیزن ہندۍ ناو چھِ تیز رفتارٕ بدلان۔ اوترٕ اوترٕ کۍ گرامفون، ٹیپ ریکارڈر، وی سی آر، ٹایپ رایٹر، سٹیٚنسل کٹر، سایکلوسٹایل بیترِ چھِ ووٚنۍ پرانہِ زمانکۍ یادگار باسان۔

## 2.3.1 سنسکرتُک اثر

کأشرِس پێٹھ سنسکرتُک اثر پیٚون گوٚو کشیرِ منز بُدھ مَت کہ یِنہٕ پێٹھے شروع۔ اشوکن کوٚر قبلِ مسیح تریٚیمہ صدی منز کشیرِ پێٹھ قبضہٕ تہٕ کشیرِ بنیوٚو بُدھ متُک اہم مرکز تہٕ یِیتی پێٹھ گوٚو چین، تہٕ وسط ایشیا کیٛن مُلکن مَنٛز بُدھ متُک تبلیغ شروع۔ ووں گو پرٕیتھ کُنہِ کأشرِس لفظس سنسکرتُک آگُر ژھارُن چھُ غلط تکیازِ یِمن لفظن ہُند تعلق قریبی زندگیہِ تہٕ اوٚند پکھس سٟتی چھُ، تِم لفظ آسی بروٚنٹھے کأشرِس منز موجود۔ سنسکرتَس سٟتی چھُ تِمن لفظن سٟتی تیوٚتے ہِشر یوٚت مختلف ہند یورپی یا وَنو آریایی زبانن سٟتی چھُکھ۔ مثلاً:

بدٕنکی تان: أچھ، نس، أس، کلہٕ، مس، زیٛو، دند، کأر، پھیٚکی، یڈ...... بیترِ۔

اوٚند پوٚکھ: بال، وَن، کول، شین، روٗد، تاپھ، شُہُل، گُل، وِپر، پھرٕس، بونی، یأر، رأیل، دانہِ، سوژُل، ہاکھ، درمُن، کنکھ، کونگ، پوش، بوٚٹھ، سرٕون، ووگُن، ژٕر، کانٛژ، کاو، ہأر، گانٹھ، کُکل، کولہٕ ٹونچ، کولُر...... بیترِ

کراوٕتی: ووتھ، بیٛہہ، کھیٚے، چیٚے، شونگ، پکھ، کر، اَن، ژَل، رَن، ...... بیترِ۔

باوٕتی: لوٗکٹ، بوٚڈ، ووزُل، زَگ، چھوٚت، لیٛوٚدُر، آویٚل، زآویٚل، ...... بیترِ۔

لگہٕ بأش: پێٹھ، تَل، منز، تیٛلہِ، یٟلہِ، ہُپأری، یِپأری، یور، ہور...... بیترِ

یِتھیٚن ہتہٕ بدٕین لفظن ہُند آگُر بیٛیہ کُنہِ زبانہِ منز ژھارُن چھُ غلط۔ پرانیٚن لفظن چھُ سارنٕے ہِند یورپی زبانن، یِتھ منز سنسکرت تہٕ اکھ اہم زبان چھے، کم یا زیادٕ رشتہٕ۔ سوال چھُ صرف ہشرُک: کم ہشر یا زیادٕ ہشر۔ سنسکرتہٕ پێٹھ چھِ بلاشک تِم لفظ آمتی یِمن ہُند تعلق پرٛژھِ، مذہبس، تہٕ علمس سٟتی چھُ۔ مثلاً: شِو، شکتی، بھگوان، دَے، ریش، سورگ، نرگ، پوٗزا، تیرتھ، وو پدیش، گوسأنی،

شرٕژ، پاپھ، پوٗنۍ ،......بیترِ
سنسکرت لفظن یُس صوتیاتی بدلاو کأشرس منز سپد ومُت چھُ تتھ چھِ کیٛنہہ اصول۔ مثلاً:

/کھشہ (क्ष) / < چھ۔ مِ: رکھشہ <رأچھ؛ پکھشہ <پچھ بیترِ

/چھ (छ) / <ژھ۔ مِ: اَچھ <اۍژھ؛ اِچھَ <یژھ،

/چ (च) / <ژ۔ مِ: نچِنہَ <نژُن،

/ج (ज) / <ز۔ مِ: لجہ <لَز

/د (द) / <ز۔ مِ: پَد یہ <پزر

/ت (त) / <تھ۔ مِ: پرٕتہِ <پرٕیتھ

/اُ (उ) / < وو۔ مِ: اُپدیش <وو پدیش، اُپاے <وو پاے

لفظیات کِس بنیادس پیٹھ چھِ کیٛنژ ومأہرو کأشرس تہِ ارتقایی دور گنڈۍ متۍ:

i۔ ویدی کال : 2350 ق م تا 500 ق م

ii۔ کلاسیکی سنسکرت کال: 500 ق م تا گوڈنچ صدی عیسوی

iii۔ پراکرت کال : گوڈنچ صدی عیسوی تا پأنژِم صدی عیسوی

iv۔ اُپبرٛنش کال : پأنژِم صدی عیسوی تا بٔہِم صدی عیسوی

مگر یہِ دور بندی چھےٚ بیٚیہِ کُنہِ شمال ہندوستأنۍ زبانہِ متعلق لگھار نہ زِ کأشرس متعلق۔ اسہِ نِش چھُنہٕ دٔہمہِ صدی عیسوی برٛونہہ کانہہ تہِ نُسخہٕ موجود۔
رسم، رواج، پڑھہِ ستۍ منسلک لفظو ورأے چھُنہٕ کأشرس پیٹھ سنسکرتُک کانہہ قابلِ توجہ اثر نظرِ گژھان۔ صرف یہِ زِ کیٛنہہ گوڈٕ لگۍ تہٕ پٔوت لگۍ چھِ سنسکرت زبانہِ ہندۍ۔ مِ: سو (سو کال، سو پٔوت، سو باو......بیترِ)؛ کو (کو کال، کو پٔوت،

کوزٕون، کوواکھ...... بیترِ )؛ اَ ( اَکال، اَچھِہ، اَکایل...... بیترِ )؛ نر ( نِرمل، نِراش، نِراکار...... بیترِ )۔

2.3.2 فارسی زبانہِ ہُند اثر

کشیرِ تہٕ وسط ایشیاہس درمیان قدیم تجارتی تہٕ ثقافتی رشتہٕ آسنہٕ کِنی اوس فارسی زبانہِ ہُند اثر کأشرِس پیٹھ ژووأہمہِ صدی برونٹھے پیوٚمُت۔ چنانچہ کلہن نہ راج ترنگنی منز تہٕ چھِ فارسی لفظ نظرِ گژھان۔

دراصل اوس اسلأمی تعلیمہِ ہُند اثر تہٕ کشیرِ پیٹھ راز للتادتیہٕ سِندِ دورٕ (725ء تا 762ء) پیٹھے پیوٚن ہیوٚتمُت یِیلہِ دپان حمیم بَن سام ناوٕک اکھ مسلمان مبلغ کشیرِ آمُت اوس۔ کأشرِین کیُت اوس یہِ اکھ نوٚو مذہب یَتھ منز عقیدس سٟتی وابستہ پرٟتھ گُنہِ تصورٕ باپت عربی لفظ اوس۔ 1014ء یس منز کوٚر محمود غزنوین کشیرِ پیٹھ گوڈنیک حملہ۔ یِیمہِ سٟتی پیٚیہ حکومت کمزور سپز۔ نہ صرف عام لُکھ، بلکہِ یِیتیُک راز ہرش تام اوس اسلأمی عقیدس نکھہٕ آمُت۔ رازٕ سہہ دیوُنہِ وقتہٕ (1305ء) آے زٕ اہم شخص کشیرِ: اکھ رینچن یُس لداخُک فرار شہزادٕ اوس، تہٕ بیٚیہِ شمس الدین شہمیر۔ 1320ء یس منز ژٹ رینچنن کوٹہٕ رانہِ سٟتی کھاندر کرِتھ حکومت، حضرت بُلبُل شاہؒ صأبس نِش کوٚرُن اسلام قبول، تہٕ بنیوٚو یِیتیُک گوڈنیک مسلمان بادشاہ یَمی سُلطان صدرالدین ناو اختیار کوٚر۔

1372ء یس منز وأتی حضرت امیر کبیر میر علی ہمدانیؒ سٟتھ ہَتھ سیّد یٟتھ کشیرِ تہٕ سأری ہیٚے کشیرِ منز گوٚو اسلأمی تبلیغ شروع۔ ایرانہٕ پیٹھٕ آمتین یِمن ساداتن منز اُسی واریاہ کارکسب زانن وألی تہٕ تجارت پیشہِ۔ عام کأشریوٚ ہیٚچھ نہ صرف یِمن

نِشہِ اسلأمی تعلیم ، بلکہ روزگارٕ باپت ٹوٚی کارکسب ،صنعژ تہٕ حرفژ تہٕ ۔زندگیہِ ہنز اَتھ بنیأدی تبدیلیہِ سیٚتی آیہِ کأشرِ زبانہِ منز تہِ بارٕ تبدیلی ۔ فارسی بنیہٕ کشیرِ ہنز دربأری زبان ۔ سارنٕے تعلیم یافتہ لُکن ہندِ خأطرٕ بنیوٚ و فارسی زأنُن ضروری ۔ عدلیہٕ ہس منز، محکمہ مالس منز، پرٛیتھ کُنہِ دفتری کامہِ منز تہٕ خط و کتابتس منز ژاو فارسی ۔ نتیجہ دراو زِ روزمرٕ کأشرِس منز تہِ ژاے ساسہٕ بٔدی فارسی لفظ ۔ پرٛأنی سنسکرت لفظ گیہِ متروک گژھان تہٕ تِمن ہنز جاے رٔٹ فارسی لفظو ۔ فارسی لفظ گیہِ زندگیہِ ہندِس پرٛیتھ شعبس منز چیزن سیٚتی سیٚتی دأخل ۔ مثلاً :

پلَو پوشاک: پاجامہٕ ، قمیض ، دستار ، سدٕری ، اچکن ،شلوار ،پأزارٕ بیترِ ۔

کھیٚن چیٚن: رِستہٕ ، کباب ، گوشتابہٕ ، روغن جوش ، قُلچہ ،لواسہ ،

لیکھٕ پٔرٕ: قلم ، دوات ، کتاب ، کاغذ ،علم ،تعلیم ، مدرسہٕ ، اُستاد ،شاگرد ،بیترِ ۔

کارکسب: شال ، نمدٕ ، گبہٕ ، قالین ،عمارت ،تعمیر ،ختم بند، بیترِ ۔

گرگروٚتھ : پیالہ ، رکأبی ، چمچہٕ ، دیگچہٕ ،طشت نأر ، لیف ، پلنگ ،صندوق ، شمع ،بیترِ ۔

مذہب: روزٕ ، نماز ،کلمہ ،توحید ،خُدا ، جنت ،جہنم ، پرہیز ،شریعت ،بیترِ

امہِ ییمہِ : آواز ، زبان ، علم ، شروع ، لفظ ، صبح ، شام ، شاعر ، جماعت ، سیاست ، رہنما ، درویش ، فقیر ، کمینہ ، بدمعاش ، خاندان ، شریف ، سلوک ، ترقی ، افلاس ، مفلس ، غربت ، امیر ، جاہل ، برادر ، تفصیل ، شأعری ، نثر ، غزل ، مثنوی ، نظم ، رباعی ، قصیدٕ ، عشق ، تمنا ، اضطراب ، گُلاب ، ملاقات ، وصل ، سکوٗن ، آرام ، عیش ، خوش ، کاینات ، آسمان ، آفتاب ، تقدیر ، تعویز ، تدبیر ، بیترِ بیترِ ۔

غرض کانہہ تہٕ فارسی لفظ ہیکہِ کأشرس منز ضرورتہٕ وِزِ استعمال سپدتھ۔ یوت یوت کأشرِ چ علمی زبان وسعت لبہِ تیوٗت تیوٗت بنہِ فارسی لفظن ہُند استعمال ضروری۔

کأشرِس منز داخل سپدیمتی فارسی لفظ چھِ دون قسمن ہندی:

ا۔ تم لفظ یِم کأشرِ صوتیاتہٕ مطابق مکمل پأٹھی بدٕلیمتی چھِ تہٕ بعضے چھِ بیوٚن معنی تھاوان۔ مثلاً: ووستہٕ (> اُستاد)، بیقلأزی (> بے عقل + أزی)، دٕسی (> دست)، شوولہٕ (شاہوٗل)۔ دٕسلابہٕ (دست + لابھ)

ب۔ تم لفظ یِمن معمولی صوتی پھیرٕ آمُت چھُ تہٕ معنی کنی چھِ اصل لفظس قریب:

مِ: عأٔلم، ظأٔلم، دسخط، فہرس، آغہٕ، تعلیم۔

(کأشرِس رسمِ خطس منز چھُ مقرر زِ دوٚیمہِ قسمکی سأری عربی/ فارسی لفظ تِن پننہِ اصل املایی شکلہ منز لیکھنہٕ۔ بولنس منز چھےٚ صوتی تبدیلی ہنز آزادی۔)

ا۔ صوتیمی پھیرٕ (بولنس منز، لیکھنس منز نہ):

i۔ /ِ/ < /ایہٕ/۔ مِ: اِحساس < ایٚحساس؛ اِنصاف < ینصاف؛ اِنسان < ینسان؛ اِنتظام < ینتظام؛ نِظام < نیظام؛ اِمکان < یمکان؛ مِثال < میثال بیترِ

ii۔ /ُ/ < /و/ یا /وٚ/۔ مِ: اُستاد < ووستاد؛ حُکم < حوٚکُم۔

iii۔ /آ/ < /أ/ ۔ مِ: عالم < عأٔلم؛ حاکم < حأکم، ثالم < ثأٔلم۔ مگر آواز، بنیاد، آباد، تالاب؛ ہوا، ادا، بیترِ لفظن منز چھنہٕ یہِ پھورٕ پھیرٕ روا۔

iv۔ اندشأے /ہ/ < /ٕ/ ۔ مِ: تازہ < تازٕ؛ پردہ < پردٕ؛ فایدہ < فأیدٕ۔

v۔ اندشأے /ی/ < /ۍ/ ۔ مِ: خالی < خأٔلۍ؛ بازی < بأزۍ؛ زبانی < زبأنۍ۔ مگر زِندگی، سردی، گرمی، افسردگی بیترِ لفظن منز چھنہٕ یہِ پھورٕ پھیرٕ روا۔

iv۔ منزِ شأے /ِ/ < /ی/ ۔ مِ: ذرِیعہ < ذٕری یہِ۔

vi۔ /ع/ < /ے/ ۔ مِ: اعتبار < ایتبار؛ اعتراض < ایتراض؛ شاعری < شأیری

vii۔ /خ/ < /کھ/

viii۔ /غ/ < /گ/

ix۔ /ق/ < /ک/

x۔ /ث/ ،/ص/ < /س/

xi۔ /ط/ < /ت/

xii۔ /ذ/ ،/ض/ ، /ظ/ < /ز/

xiii۔ مصمتہٕ مِلِو چھِ پھٹان ۔ مِ: حرف < حرٕف؛ لفظ < لِفٕظ؛ عرض < عرِض؛

سخت < سخِت؛ نقش < نٕقش؛ درج < درَج بیترِ۔

یتھین چھےٚ یہِ کتھ پھرِنی ضروری بنان ز بولنس منز چھےٚ پھورِ پھیرِ چ مکمل آزأدی، مگر معیاری تحریرس منز چھےٚ املاہچ سختی لازمی۔ تحریرُک املاہیکہِ نہ ہرگزتہٕ پھورس تہٕ لچھس بأوِتھ۔ ترقی یافت زبان چھےٚ سوے یتھ منز بولنٕچ آزأدی تہٕ تحریری معیارن ہنز سختی آسہ۔

II۔ مارفیمی پھیرِ

i۔ فارسی گوڈٕ لوٚگ + کأشُر لفظ۔ مِ: بےبُتھ؛ بےمند چھ؛ ہَر کانہہ؛ بدأ چھ۔

ii۔ فارسی لفظ + کأشُر پوٚت لوٚگ۔ مِ: شامہٕ پٔتٕ؛ کتابہٕ وول؛ نظرن تل؛ نقشہِ

گوٚر؛ گردِ ہوٚت؛ نخرل؛ غیرزان؛ بَرتل، دسلابہٕ بیترِ۔

iii۔ کأشُر گوڈٕ لوٚگ + فارسی لفظ۔ نےٚ زبان؛ اڈٕ سیر؛

iv۔ کأشُر لفظ + فارسی پوٚت لوٚگ۔ پھوٚل دان، دگدار؛

v۔ کأشُر لفظ + فارسی لفظ۔ ژۆک آتش؛ مۆ دُرقند؛ کرٛہُن سیاہ؛ سفید شیٖن؛ بختہٕ

بۆ ڈ؛ ریٖژ رواج؛ موم بٔتی۔ بیترِ

vi۔ ڈٕپتی، تلمیح، تہٕ ترکیب: فارسی مثنوین ہندیٚو ترجمو کِنی، نعت، غزل، منقبت،

قصیدٕ بیترِ فارسی صنفہ کأشرس منزینہٕ کِنی گیہٕ کأشرس منز ہتہٕ بٔدی ڈٕپتی، تلمیح تہٕ

ترکیب داخل یِم وونی یسلہٕ پأٹھی ورتاوس منز چھِ۔ (تفصیل چھُنہٕ ضروری)۔

فارسی زبان روز عملی طور 1947ء تام پیٚنچ سرکأری زبان تہٕ علمی زبان تہٕ امہٕ

کِس اثرس تل روٗد کأشرِ زبانہ ہُند باوژ بل ہُران۔ کأشرِ زبانہٕ نویٚن علمن

ہندِ اظہارُک وسیلہٕ بٔنِنہٕ ہیٚژن، فارسی لفظن ہُند ضرورت ہُر یوٚ و بیٚیہٕ ہَن۔

## 2.3.3 پنجأبی تہٕ ہندوستأنی زبانن ہُند اثر

یوٚ دوَے کأشرِ زبان پنجأبی تہٕ اردو/ ہندی زبانن وراٚہس کالس نکھ روزمرٕ

چھےٚ، مگر یمن زبانن ہُند اثر کوٚرنہٕ امہٕ زبانہٕ گُنہٕ قابل توجہ حدس تام قبول۔ صرف

چھِ کیٚنہہ لفظ یِم سیٚدِ سیٚو د پنجأبی تہٕ اُردو/ ہندی زبانو پیٚٹھہٕ آمٕتی چھِ: یِم لفظ چھِ:

لڑکی، لڑکہٕ، سڑک، کھڑا، چوکہٕ، دوڑ/ دور، سوچ، چھکڑٕ، چھکہٕ، چھٔر، گور،

مِٹھأے، چھیکرس، چھڈُن، جیت، جانچ پڑتال، ہڑتال، بأرش، چِٹھی، کھنڈ،

بجلی، تار، کھوپرٕ، چپل، اٹل، بیترِ۔

## 2.3.4 انگریزی یُک اثر

وارٕہس زمانس انگریزن ماتحت روزنہٕ کِنی، تہٕ 1947ء پتہٕ یورپی تعلیم، کلچر،

جدید کار کسب تہٕ صنعژ کشیر منز مقبول گژھنہٕ کِنی ژایہٕ ہتہٕ بٔدی انگریزی لفظ

کأشرس منز تہٕ یہِ عمل چھےٚ دوٚہہ پتہ دوٚہہ تیز سپدان۔ انگریزی لفظن تہٕ چھُ کأشرِ صوتیأتی مزازٕ مطابق پھور بدلان تہٕ کیٚنہہ لفظ چھِ عام رواجس منز تیتھۍ بدٕ کیمتۍ زِووٕنی چھٕنہٕ یہندِ انگریزی آگرُک اندازٕ تہٕ لگان۔ مثلاً:

درازٕ > drawers ؛ ترٛپالہٕ > tarpoline ؛ ہسپتال > hospital ؛ لأن مأن > line-man ؛ ہٕیٹینشن > high-tension ؛ رنگہٕ روٗٹھ > recruit ؛ رسید > receipt ؛ موٗبلیل > mobile oil ؛ پُلسہٕ > police ؛ بم > bomb ؛ واسکٹ > waistcoat ؛ پیڈٕل > paddle ؛ بینکر > bunker ؛ برٛسٹ > burst ؛ سُچ > switch ؛ رَپٹھ > report ؛ بوتَل > bottle ؛ واشَل > washer ؛ وال > valve ؛ بوٗشأٹ > bush shirt ؛ پتلون > pantaloon بیترِ۔

بجلی، الیکٹرانِک سامان، کمپیوٹر تہٕ جدید ٹیکنالجی عام گژھنس سٟتۍ چھِ ووٕنی بسیار انگریزی لفظ کأشرِس ورتاوس منز یوان۔ مِ: کمپیوٹر، فلاپی، پٟن ڈرایو، سی ڈی، سافٹ ویر، وی سی پی، اَے پاڈ، موبایل، ای میل، ویبسایٹ، بیترِ۔

## 2.4 کأشرِ چہ بولہٕ

یتھ پأٹھۍ گوڈے وننہٕ آوٕ زِ کہ زِندٕ قوٚمچ زندٕ زبان آسنہٕ کِنۍ چھُ کأشرِس منز تہٕ علاقہٕ وار تہٕ طبقاتی پھیرِ نظرِ گژھان۔ علاقہٕ وار پھیرِ مطابق چھےٚ کأشرس منزیم کیٚنہہ ویٚژ بولہٕ:

### 2.4.1۔ شہری بوٗلی:

شہرِ سرنگرتہٕ اَتھ اندی پکھی علاقن منزیُس کأشُر بولنہٕ یوان چھُ سُہ چھُ گوٚنہمہٕ صدی پیٹھے معیاری کأشُر ماننہ آمُت یتھ منز ادب تحریر چھُ سپدان۔ یہِ چھےٚ

کأشرِ چ ٹِکسأٔلی بولی ۔ امہِ بولہِ ہندی اہم صوتیأٔتی انہار چھِ :

i۔ مرأزی تہٕ ہندوستأنی /ڑ/ چہِ جایہِ اکثر جاین /ر/۔ مثلاً: کۄر، ہور، یور، کانگر، گُر بیتر۔ صرف نہٕ لڑکہٕ ،لڑکی، ڈوڈ، ووڈِ ،ہوڈ بیترِ لفظن منز۔

ii۔ جاری کالس منز [-آن] ۔مِ : کران، پران، وچھان، گیوان......بیترِ

iii۔ ینہٕ کالس منز /ے/ چہِ جایہِ /َ/۔ مِ: کرَکھ، کرن، پرَکھ، پرَن ۔بیترِ۔

شہری کأشرس منز چھُ انگریزی تہٕ ہندوستأنی لفظن ہُند ورتاو باقی بولیو مقابلہٕ زیادٕ سپدان۔

2.4.2۔ مرأزی

یہٕ بوٗلی چھےٚ جنوبی کشیرِ ہنز یعنی اسلام آباد (اننت ناگ) تہٕ پُلوام ضلعن ہندیٚن قصبن تہٕ گامن منز بولنہٕ یوان۔ امِکی کینٛہہ انہار چھِ :

i۔ /ر/ چہ جایہِ کینٛژن لفظن منز /ڑ/۔مِ: شُرٕ، کھرٕ، ہوڑ، یوڑ، توڑ، کانگڑ، کوٗڑ، کھوٗڑ، دۄڑ، گوٗڑ، گرُڑن، پڑُن، دوڑ۔ ہوڑَو! (توجہ پھِرنہٕ باپت)

ii۔ جأری کالس منز [-آن] بجایہِ [-ٚن]۔مِ: أسی چھِ وُچھن، تم چھِ بوزن، شُرٕی چھِ ووتھن، گِندن نژن، گرٕھن، بیترِ۔

iii۔ ینہٕ کالس منز /َ/ بجایہ /ے/۔مِ: تم گرٕھیٚن ۔ تم لیٚکھیٚن ۔تم پریٚن۔ژٕ گرٕھیکھ، ژٕ انیکھ، ژٕ ٹُلیکھ بیترِ۔

iv۔ آلو کرنہٕ باپت یا توجہ پھِرنہٕ باپت لفظ: ہأو، ہَتَو۔

2.4.3۔ کشتوأڑی :

کشتواڑس منز بولنہٕ ینہٕ واجێنٛہ یہٕ بوٗلی چھےٚ مرأزی کأشرِ کی سأری انہار تھوان۔ صرف چھےٚ اِوٕ کنی مختلف زِ اَتھ منز چھِ کینٛہہ ڈوگری لفظ ورتاوس منز۔

## 2.4.4۔ پوگلی

پوگل پرستانس منز بولنہٕ واجێنۍ بولۍ تہِ چھےٚ مرأزی انہار تھوان ،صرف چھےٚ یێمہِ اعتبارٕ مخلف زِ اَتھ منز چھِ پہاڑی تہٕ گجری زبانن ہندی کێنہہ لفظ تہٕ محاورٕ۔
علاقہٕ وار بولیٚو علاوٕ چھِ کێنہہ فرقہٕ تہِ طبقہ بولہِ تہِ کأشرس منز یمن منز پنٕنۍ پنٕنۍ مخصوص لفظ تہٕ محاورٕ چھِ۔

## 2.5 کأشریک رسمِ خط

### 2.5.1 شاردا

شُرأہمہِ صدی عیسوی تام اوس کأشریک رسمِ خط برہمی رسمِ خطُک اکھ قدیم قسم یتھ ''شاردا'' یا ''سِدھم'' ونان أسی۔ یێتێن چھےٚ یہ کتھ پھرنی ضروری زِ شارداوس نہٕ صرف کأشرِ باپت مخصوص بلکہِ آسہٕ اَتھ منز شمألی بھارتچہ بێیہِ کێنہہ زبانہٕ تہِ لیکھنہٕ یوان۔ کأشریٚو پنڈتو اوس اَتھ رسمِ خطس پنٕنۍ پأٹھۍ ہُریٚر چھوٚیر کوٚرمُت تاکہِ کأشرِ چہِ مخصوص آوازٕ ہیکہٕ ہن لیکھِتھ۔ مہانٔے پرکاش، للہٕ واکھ، بانأسُروٕدکتھا، سُکھ دُکھ چرِتم تہٕ مختلف ژریٚتھ بیترِ تخلیقن ہندی پرأنۍ قلمی نُسخہ چھِ شارداہس منز موجود۔

شاردا ہس چھِ ''سِدھَم'' تہِ ونان۔ اَتھ ستۍ أس کأشرێن عقیدت تہٕ اوَے أسی ہیچھنہٕ بروٚنہہ أہی کران: ''اوم سوستہِ سِدھَم'' (دَیہِ! سِدھم روٗزن وارٕ کارٕ۔'' شاردا خط اوس دیوناگری خطس لرِ لوٚرکنوٗہمہِ صدی تام مقبول۔ مگر وارٕ وارٕ گوٚو یہ پنڈتن مُشتھے۔ امہِ رسمِ خطُک خاکہٕ چھُ یتھٕ پأٹھۍ:

| شارداا چھر | آواز | کأشُر ناو |
|---|---|---|
| 𑆃 | اَ | آروَا |
| 𑆄 | آ | ایتوٗ آ |
| 𑆅 | اِ | یِیَو اِ |
| 𑆆 | ای | ییشورَوا ای |
| 𑆇 | اُ | وو پل وو اُ |
| 𑆈 | اوٗ | وو پل با اوٗ |
| 𑆍 | اے | تالوَ ے اے |
| 𑆏 | اۄ | وُٹھو اۄ |
| 𑆑 | ک | کووکأ |
| 𑆒 | کھ | کھن کھأ |
| 𑆓 | گ | گگر گأ |
| 𑆕 | ن | نَستوٗ نأ |
| 𑆖 | چ | ژاٹو چأ |
| 𑆗 | چھ | ژھوٹنی چھأ |
| 𑆘 | ج | جاشن جأ |
| 𑆛 | ت | توٗو تأ |
| 𑆜 | تھ | تھاجِہ تھأ |
| 𑆝 | د | دَدو دأ |
| 𑆝 | ٹ | اَرمن ٹأ |

| | | |
|---|---|---|
| 𑆜 | ٹھ | سرمانٛ ٹھأ |
| 𑆝 | ڈ | ڈُڈ ڈأ |
| 𑆥 | پ | پَڈَر پأ |
| 𑆦 | پھ | پھرن پھأ |
| 𑆩 | م | مَوو مأ |
| 𑆪 | ے | یاد یأ |
| 𑆫 | ر | رَکہٕ رأ |
| 𑆬 | ل | لاو لأ |
| 𑆮 | و | وَشہ وأ |
| 𑆱 | س | سوٕہ سأ |
| 𑆯 | ش | شکرا شأ |
| 𑆲 | ہ | ہالہٕ ہأ |

## 2.5.2 نستعلیق

شارداتہٕ دیوناگری خطن ہٕتی ہٕتی اوس کأشُر فارسی-عربی ٚکس نستعلیق خطس منز تہِ لیکھنہٕ یوان۔ مگر اَتھ منز اوس نہٕ مخصوص کأشرِین مصوتن تہٕ مصمتن ہندِ ہاونہٕ باپت کانہہ طریقہ۔ لیکھن وألی أسی پنٕنی پنٕنی پأٹھی لیکھان تہٕ پرن والین اوس آنکونی پرٕن پیوان۔ ووٚں گوٚو غلام محمد نوٗر محمد تاجرانِ کتب کہ طرفہٕ شایع گژھن واجنٚین سارنٕے کتابن منز اوس کأشُر لیکھنُک تقریباً قاعدٕ بند طریقہٕ یُس پرن والین ویوٚ داوس۔ اَمچ پأری زان آسنہٕ ٚکنی اُس نہٕ تِمن پرنٕس منز کانہہ دشوأری۔ امیُک بنیاد اوس سیف الدین تارٕ بلٕو (1803ء-1872ء) سُند

رسالہ اصواتِ کشمیری یَتھ منزٕ تِمو کأشرِ ین آوازن ہنز وِیژھنے کرٕمژٕ أس۔

### 2.5.3 رومن

رومن خطس منز کأشُر رسمِ خط تیار کرنٕچ گوڈنِچ کوشش کٔر 1854ءیَس منز سالگرام کول ناوٕکی أکی پنڈِتن۔ کینژن انگریز عالمن ہٕتی مشورٕ کٔرِتھ کوٚر تِمو کأشرِیک اکھ قاعدٕ تیار۔ اَتھ منز چھےٚ سالگرام کولن کأشرِ چہِ اکہأٹھ آوازٕ بدِ کجمٕژ، یِمن منز 25 مصوتہٕ تہٕ 36 مصمتہٕ آوازٕ چھےٚ۔

جارج ابراہم گریرسنن چھُ پننِین واریہن تحقیقی کامِین منز کأشرِ ین صوتیمن ہندِ باپت رومن خطس منز لیکھنُک اکھ طریقہ وضع کوٚرمُت یُس تِمو پننِ سارنے کتابن منز قاعدٕ بند طریقہٕ ورتاونہٕ آمُت چھُ۔ تِمو کٔری کأشرِ ین مخصوص آوازن ہندِ خأطرٕ اچھر مقرر یِم یِتھ پأٹھی چھِ:

| | | | |
|---|---|---|---|
| ـَ | a | آ | a |
| ـِ | i | ای (یہٕ) | i |
| ـوٚ | o | و | o |
| ـُ | u | وٗ | u |
| ـٕ | u | أ | u |
| ـٕ | e_ | ـٕ | u |
| ـےٚ | e | ے(یہٕ) | e |
| و | | | |

| | | | |
|---|---|---|---|
| چ | c | چھ | ch |
| ت | t | تھ | th |
| ٹ | t | ٹھ | th |
| ک | k | کھ | kh |
| د | d | ڈ | d |
| پھ | ph | ف | f |
| ژ | ts | ژھ | tsh |

## 2.5.4 دیوناگری

سری کنٹھ توشخانین (1894ھ-1978ء) کوٚر 1921ء منز ''اچھرِ زان'' ناوٕک اکھ قأعدٕ چھاپ۔ یَتھ منز کأشرِ زبانہٕ ہندِ خأطرٕ ناگری رسمِ خط تجویز کرنہٕ اوس آمُت۔ توشخأنی چھُ پانَے اَتھ متعلق لیکھان:

> 1921ء یس منز گرٕ مےٚ کوشش ناگری اچھرن منز کأشر کتاب لیکھنچ۔ صرف سَتھ پُش سوراچھر آیہ تَتھ کأشرِ آوازٕ پوٗرٕ کرنہ باپت تراونہ۔ ستھ اٲٹھ کتابہٕ آیہ یمن اچھرن منز تہٕ لیکھنہ۔ اتھ رسم خطس یا لکھاوٹ دِژ تمہ وقتکی ریسرچ ڈِپارٹمنٹن تہٕ منظوری۔ پریمرس تھوٚو مےٚ ناو ''اچھرِ زان''۔ مگر مسلمانن پیٹھ ناگری لِکھاوٕتھ زورٕ پُشرٕنی باسیوٚ ونہ مےٚ رُت۔

### 2.5.5 موجوٗد رسمِ خط

1947 ءپتہٕ ییٚلہِ وزیرِ اعظم شیخ محمد عبداللہ نس ہدایتس تحت کأشر زبان سارنٕے سکولن منز اکہِ لأزمی مضمونہٕ رنگی شأمل کرنہٕ آے، اکھ سکرپٹ کمیٹی تہٕ آے تشکیل دنہ یتھ منز غلام محمد عشأیی، جے ایل کول، مرزا غلام حسن بیگ عارف، تہٕ شری کنٹھ توشخانی ممبرأسی۔ امہ کمیٹیہ کوٚر رگوڈ نکہِ پھِرِ فارسی عربی رسمِ خط کس بنیادس پیٹھ اکھ نوٚو رسمِ خط تیار یتھ تمہِ حکومتن منظوری دِژ۔ اَتھ رسمِ خطس منز آیہ پرایمری سکولن ہندِ باپت پانژھ نصأبی کتابہ شأیع کرنہ۔ امہِ رسمِ خطٕچ اکھ نمایاں خصوصیت أس یہ زِ اعرابو بدلہٕ آیہ اَتھ منز مصوتہٕ آوازٕ تہٕ اچھرن منزٕ ے ہاونہٕ یوان۔ مصوتن ہندِ خأطرٕ أسی یم اچھر:

| از | تیٚلہِ | از | تیٚلہِ |
|---|---|---|---|
| ے | ے | آ | آ |
| ےٖ | ےٖ | ے | یہٕ (ی) |
| ےُ | ےُ | وٗ | وٗ |
| ۓ | ٮ | أ | ٮ |
| ےٖ | ٮٕ | ۓ | ٮٕ |
| وٚ | وٚ | و | و |
| و | و | یہٕ/ | ب |

1953ء یس منز ییٚلہِ وزیر اعظم شیخ محمد عبداللہ نظر بند کرنہٕ آو تہٕ نیشنل کانفرنس آو اقتدار نِنہٕ، کشیر آے طویل بحرانس منز ہیٚنہٕ تہٕ کأشِر زبان تہِ آے سکولو منزٕ خأرج کرنہٕ۔ أتھی ستی گوٚو کأشرِ زبانہِ ہُند رسمِ خط معاملہٕ تہِ مشتبہٕ۔

1955ء یس منز آے اکھ نۆ سکرٕپٹ کمیٹی بناونہٕ یتھ منز جے ایل کول، دینا ناتھ نادم، امین کامل، مرزا غلام حسن بیگ عارف، محی الدین حاجنی تہٕ پی این پشپ ممبر أسی۔ امہِ کمیٹیہِ کوٚر نستعلیق کِس بنیادس پیٹھ موجودٕ رسمِ خط تیار یُس ووٚنی کأشرِ باپت سرکأری طور منظور کرنہ آمت رسمِ خط چھُ۔ یہٕ دوٚے نستعلیق رسم خطچ موجودٕ صورت کأشُر لیکھنہٕ باپت کامیاب چھےٚ، مگر اَتھ منز چھُ وُنہِ تہِ معیار بندی ہُند ضرورت۔

## 2.5.6 متوازی رسمِ خط

سرکأری طور منظور کرنہ آمتِس رسمِ خطس لرِ لوٚر رچھِ کأشُر لیکھنہ باپت ناگری تہٕ رومن رسمِ خط رأنج۔ یِمن دوشوٕنی سکرپٹن منز چھےٚ کشیرِ نیبر وارِیاہ کتابہٕ شایع سپدان۔

### 2.5.6.i ناگری رسمِ خط:

مصوتہٕ:

| نستعلیق | देवनागरी | نستعلیق | देवनागरी |
|---|---|---|---|
| ـِ | ि इ | یہٕ(ی) | ी ई |
| ـٕ | 、 अ॒ | ـٕ | ा॒ आ॒ |
| ـٚ | ु उ | ۆ | ू ऊ |

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| ےٚ | ॆ ए | ے | | ये |
| ۓ | ॅ अॅ | أ | ॉ | ऑ |
| ۆ | ॉ ऑ | و | ो | ओ |
| َ | अ | آ | ा | आ |
| ی | य | | | |

مصمتہ:

| نستعلیق | देवनागरी | نستعلیق | देवनागरी |
|---|---|---|---|
| ب | ब | بھ | भ |
| پ | प | پھ | फ |
| ت | त | تھ | थ |
| ٹ | ठ | ٹھ | ट |
| ث | स | ج | ज |
| چ | च | ح | ह |
| خ | ख | د | द |
| ڈ | ड़ | ذ | ज़ |
| ر | र | ز | ज़ |

| نستعلیق | देवनागरी | نستعلیق | देवनागरी |
|---|---|---|---|
| ژ | च़ | ژھ | छ़ |
| س | स | ش | श |
| ص | स | ض | ज़ |
| ط | त | ظ | ज़ |
| ع | अ | غ | ग़ |
| ف | फ | ق | क़ |
| ک | क | کھ | ख |
| گ | ग | ل | ल |
| م | म | ن | न |
| و | व | ہ | ह |
| ی/ے | य | | |

## 2.5.6.ii اِنٹرنیشنل فنٹِک الفٗبیٹ (IPA)

مصوتہٕ :

| نستعلیق | IPA | نستعلیق | देवनागरी |
|---|---|---|---|
| ـِ | i | یہِ(ی) | i: |
| ـٕ | ɨ | ـٕ | ɨ: |

| نستعلیق | IPA | نستعلیق | IPA |
|---|---|---|---|
| ـُ | u | وٗ | u: |
| ےٚ | e | ے | e: |
| ـٕ | ə | ٲ | ə : |
| وٚ | o | و | o : |
| ـَ | a | آ | a : |
| ۄ | ɔ | ۍ | _' |

مصمتہٕ:

| نستعلیق | IPA | نستعلیق | IPA |
|---|---|---|---|
| ب | b | بھ | bh |
| پ | p | پھ | pḥ |
| ت | t | تھ | th |
| ٹ | t | ٹھ | th |
| ث | s | ج | j |
| چ | c | چھ | ch |
| ح | h | خ | kh |
| د | d | ڈ | d |
| ذ | z | | |
| ر | ر | ز | z |
| ژ | ts | ژھ | tsh |

| نستعلیق | Roman | نستعلیق | Roman |
|---|---|---|---|
| س | s | ش | sh |
| ص | s | ض | z |
| ط | t | ظ | z |
| ع | a | غ | g |
| ف | f | ق | k |
| ک | k | کھ | kh |
| گ | g | ل | l |
| م | m | ن | n |
| و | v | ہ | h |
| ی/ے | y | | |

### 2.5.6.iii۔رومن :

کأشِر زبانہِ ہُند مخصوص صوتیمی کردارتہٕ ٹایپ کرنٕچ سہولیت زیرِ نظر تھأوِتھ چھُ یێمہِ دورکی نمایندٕ ماہرِ لسانیات پیٹر ایڈ وِن ہُکن رومنس منز کأشُر لیکھنہٕ باپت اکھ سہل طریقہ وضع کۆرمُت یُس ایڈ وِن ہک ، امکار این کول تہٕ شفیع شوق کأشرِ زبانہِ ہندس ساختس متعلق پننین تحقیقی مقالن منز ورتاوان چھُ ۔ امیک تفصیل چھُ

بوٕنہٕ کنہِ:

مصوتہٕ:

| نستعلیق | Roman | نستعلیق | Roman |
|---|---|---|---|
| ـِ | yi | یہ (ی) | yiy |

| Roman | نستعلیق | Roman | نستعلیق |
|---|---|---|---|
| ii | ٖٔ | i | ٔ |
| uu | ۄٗ | u | ٗ |
| yie | ے | ye | ێ |
| ee | أ | e | ٕ |
| oo | و | o | ۆ |
| aa | آ | a | َ |
| -y | ۍ | wa | و |

مصمتہ:

| Roman | نستعلیق | Roman | نستعلیق |
|---|---|---|---|
| bh | بھ | b | ب |
| phe | پھ | p | پ |
| th | تھ | t | ت |
| Th | ٹھ | T | ٹ |
| j | ج | s | ث |
| chh | چھ | ch | چ |
| kh | خ | h | ح |
| D | ڈ | d | د |
|  |  | z | ذ |
| z | ز | r | ر |
| tsh | ژھ | ts | ژ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| س | s | ش | sh |
| ص | s | ض | z |
| ط | t | ظ | z |
| ع | a | غ | g |
| ف | f | ق | k |
| ک | k | کھ | kh |
| گ | g | ل | l |
| م | m | ن | n |
| | | نیٛ | ny |
| و | v | ہ | h |
| | w | | |
| ی/ے | y | | |

## حواله


1۔ سینسس رپورٹ: 2001

2۔ ڈاکٹر وید کماری، انگریزی ترجمہ۔ دِ نیل مت پُرانا ۔ جلد ۲۔ (سرینگر: جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لیگو یجز ۔1973۔) ص۔14۔

3۔ پنڈت آنند کول بامزیی، 1932۔ کشمیری ہندو۔ سرینگر۔

4۔ جی بُہلر ۔1875، اے ڈیٹیلڈ رپورٹ آد اے ٹُوران سُرچ آف سنسکرت میںیوسکرپٹس۔ لندن۔ ص۔79۔

5۔ جی۔ بُہلر ۔1875۔ ص۔79۔

6.Peter Edwin Hook, (1976), "Is Kashmiri a SVO Language?" in

*Indian Linguistics*, 37 , p. 140.

7. G.A. Grierson, (1911), *Standard Manual of the Kashmiri Language,* vol.1. p.65.

8. Richard Leitner. (1893), *Dardistan in 1866, 1886 &1893.* London : 1889.

9. G.A Grierson, (1919), *Linguistic Survey of India*, vol. VIII. Part 2. p. 2.

10. George Morgenstierne, "Dardic and Kafir Languages," in *The Encyclopaedia of Islam,* New. Ed. Vol.2. Fasc. 25. Leidon 1961. p. 138.

11 ۔ جارج ابراہم گریرسن ۔ 1916 ۔ سٹینڈ اَرڈ مینول آف دِ کشمیری لینگوج، جلد 1 ۔ نوٚ و ایڈِشن ۔ لایٹ اینڈ لایف پبلکیشنز: 1973 ۔ ص ۔ 51

12 ۔ سری کنٹھ توشخانی ۔ ''کأشُر رسمِ خط، برونہہ تہ از'' ۔ انہار: جلد 1، شمارٕ 2 ۔ کأشُر ڈِپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر: 1977ء ۔ ص ۔ 13 ۔

# 3

# صوتیات

## 3.1 ۔زبان چھےٚ بوٗلی

زبان چھےٚ گوڈنیتھ بوٗلی ۔تہٕ زن گوٚ ویہِ چھےٚ بولنہٕ یوان۔ کُنہِ زبانہِ ہندی بیشمار لفظ تہٕ وٲنۍ چھِ تمہٕ زبانہ ہنٛز وبنیاٗدی آواز وٕستۍ بنان۔ بنیاٗدی بولہ آواز وَنوٗ تتھ ٹاکارٕ آوازِ یوسہٕ انسان پننٛی بولن تان ورتاٗوِتھ کڈِتھ ہیکہِ۔ بولہ آوازن ہندِس علمس چھِ ونان آوازیات (phonetics)۔امیُک تعلق چھُ سارنےٕ انساٗنی زبانن ستۍ نہ زِ کُنہِ مخصوص زبانہٕ ستۍ۔

### .3.1۔ بولن تان

انساٗنی بدنکی یم تان بولنس منٛز ورتاونہٕ یوان چھ تمن چھ بولن تان ونان۔یم چھ تِمے تان یم انسان تنفس یعنی شَہہ ہیٚنس تراونس منٛز ورتاوان چھُ۔یم چھِ:

i۔شُوٗش

یہ چھُ سینس منٛز نرم پھوکُل دُشاخل تان یَتھ منٛز اَنتھٕ روٗس شہہ خانہ چھُ۔یہِ چھُ سینہ ترِ نیٚبر کُن واش کڈنہٕ ستۍ تہٕ یڈ پردٕ بون وسنہٕ ستۍ پھٔہلان تہٕ نیٚبر یم ہوا چھُ اندر داٗخل سپدان۔شَہہ ترانہ وِزِ چھےٚ سینہ ترِ اندر کُن ژمان،یڈ پردٕ چھُ ہیوٚر کُن ووتھان،شُوٗشس پیٹھ چھُ بار پیوان تہٕ اندریم ہواچھُ نیٚبر خاٗرج سپدان۔ شَہہ ہیٚنٛج تہٕ تراونٛج عمل چھےٚ زِنٛدٕ گرِ پیٹھ مرن گرِ تام مسلسل جاٗری روزان تِکیازِ

بدنس چھ نیٚبر مہ ہوامنز آکسیجن رٹُن تہٕ بدنس اندرپأدٕ سپد یومُت موٗزی گیس یعنی کاربن ڈا ایکسایڈ بیتر نیٚبر کڈُن۔



ii۔شوٗش نور(trachea)

شوٗش نارِکی زٕ شاخ چھِ گٔنڈنے سپدتھ شوٗش نور بناوان۔ یہ چھُ نرم اُڈجہ واجن ہُند بنیومُت۔ ہٕتس نِش چھِ اَتھ ہیوٗر ونان۔

iii۔پھورِ ڈبہٕ(voice box / larynx)

یہ چھُ شوٗش نار ئیک برو ٹھیم کھوٚل حصہ۔ یہ چھُ ہٹیک وو پھُر حصہٕ یتھ ہیری گوٗگل تہٕ چھِ ونان۔

iv۔ پھورٕ ناٗر (vocal cords)

یم چھِ پھورٕ ڈبہ چہ اندرٕ ژمہ ہندی لوٗکٹ پھیٚتی یم ژمان تہٕ پھولان چھِ۔ یم چھِ۔ آواز کڈنہٕ وزِ چھِ یم ضرورتہ مطابق تزٕ کران، شہہ دکہٕ ستی وزان تہٕ آواز پاٗدٕ کران۔ عام صورژ منز چھِ یم ڈیلہٕ تہٕ یلہ روزان یتھ شہہ ہیٚنس منز کانہہ ٹھوٚر ییہ نہ۔ آواز وِزِ چھ اڑٕ وٕتھی روزان۔ (وچھو شکل-2)




v۔ پوٚت اٗس (pharynx)

یہ چھُ اٗسک پتیم حصہ یتھین اٗسہٕ وتھ ہیرِس ستی رلان چھےٚ۔ آواز کڈنہٕ وِزِ چھےٚ امہ کہ ژمنہ تہٕ پھولنہٕ ستی اٗتھ کینہہ آوازٕ کڈنہ باپت کاٗم ہیٚنہ یوان۔

vi۔ اوٚژھ تال (velum)

یہ چھُ تالُک پتیم اوٚژھ حصہ یُس پوٚت اٗسس نِش نٔسی وتہ ہُند گوٚل چھُ۔ یلہ روزنہٕ وزِ یلہ آواز نٔسی وتہ نیرِ، آواز چھےٚ کھنکھ بنان۔ ورنہ چھےٚ آواز اٗسہٕ

وتہٕ نیران۔

vii۔ نٔسی وَتھ (nasal cavity)

یہ چھُ سُہ گوٗ گرُیُس اوٗزہ تالہ پێٹھٕ نکوارین تام چھُ۔ /م/، /ن/، /نیہ/ آواز چھےٚ اپأری نیران۔

viii۔ أسہٕ وَتھ (oral cavity)

یہ گوٚو گێگہٕ پێٹھٕ وٕٹھن تام حصہٕ۔ اکثر بولہ آوازٕ چھےٚ أتھی منز شکل صورت پراوان۔

ix۔ زێوٚ

أسس منز مازُو پوٚل تان یُس تیزی سان ہێوٚر، بون، پَتھ بروٚٹھ حرکت کرِتھ ہێکان چھُ۔ بولن تانن منز چھےٚ اَتھ خاص اہمیت۔ اکثر آوازن چھےٚ زێوٚے اکھ أکِس نِشہِ مختلف بناوان۔ بولنہ اعتبارٕ چھِ امکی حصہٕ: پێوٚت (apex)، بروٚنٹھ (front)، منز (center)، پوٚت (back)، تہٕ موٗل (root)۔ مصوتہ آوازٕ ادا کرنس منز چھےٚ زێوِ ہنٛدِ تھوٚد (high)، سوٚم (middle)، تہٕ بون (low) آسنہٕ ستی تہ فرق پیوان۔

(وُچھِو صفحہ 89)

x۔ تال

یہ چھُ أسس پێٹھ محرأبی پش، بروٚنٹھی مہ مازیرِ پێٹھٕ گێگس تام۔ بولنہ اعتبارٕ چھِ اَتھ ترٛے حصہ: دوٗر تال یعنی أڈی جہ ہُند بے حرکت تال، منز تال تہٕ اوٗزہ تال یَتھ حرکت سپدان چھےٚ۔ کێنٛہہ مصمتہ آوازٕ چھےٚ زێوِ تہٕ تالہٕ کێن مختلف حصن درمیان چھُہہ لگنہٕ ستی شکل رٹان۔ مثلاً: /ٹ/، /چ/، /ک/،

اگ/۔

xi۔ دند

دند چھِ خوراک ژٹنہ تہٕ ژاپنہ باپت۔ مگر بولنہ اعتبارٕ چھےٚ یِمن خاصکر تھ ہیٚری مۄن برونٹھی مۄن دندن یہ اہمیت زِ کینٚہہ مصمتہ چھِ تیٚلی اداسپد ان ییٚلہِ زیٚوٕ ہُند پیٚوٗت تِمن ستی لگہِ۔ یعنی: /ت/، /تھ/، /ژ/، /ژھ/، /د/۔

xii۔ وُٹھ

بولنہ اعتبارٕ چھےٚ دون وُٹھن یہ اہمیت زِ یہند ہرٕ رِتھ شکلہ ستی، گول شکلہ ستی، دندن ستی لگنہ ستی یا پانہٕ وٕنی لگنہ ستی چھِ کینٚہہ مصمتہ تہٕ مصوتہ صورت لبان۔ مثلاً: /ب/، /پ/، /م/، /ٕے/، /ۄ/، /و/، /وٗ/۔

## 3.2 صوتیم

صوتیم (phoneme) گۄو کُنہِ مخصوص زبانہِ ہنز کانہہ لوکٕٹہِ کھوتہٕ لوکٕٹ آواز یوسہٕ بیٚیو صوتیمو نِشہِ بیٚون آسنہٕ کِنی معنی یِک پھیرٕ پأدٕ کرِ۔ پرٕیتھ کُنہِ زبانہ چھِ پنٕنی مقرر تہٕ محدود صوتیم آسان یہندِ ورتاوٕ ستی لا محدود وٕنتی تہٕ لفظ ووپدان چھِ، بامعنی تہِ تہٕ بے معنی تہِ۔ صوتیم چھِ دون لیٚکھِتھ کشن درمیان ہاونہٕ یوان۔ مثلاً: /ب/، /ک/،/و/۔

### صوتیمن ہندی قسم

بولہ آوازن ہیٚکَو وار یہو لِکھو قسم بندی کٔرِتھ۔ مگر یِمن ہندی زٕ اہم قسم چھِ مصمتہٕ (consonants) تہٕ مصوتہٕ (vowels)۔

### 3.2.1 مصمتہ

کانہہ تہٕ بولہ آواز یَتھ منز بولن تان اکھأ کِس ستی لگنہٕ ستی پوٗر تھوٚپ ییہِ اوڈُے تھوٚپ ییہِ یا گھر لگہ۔ مصمتہٕ ژورَو صورژو ستی شکل پراوان:

* تھوٚپِ چھا کِنہٕ گِگھری
* ؤزی چھا کِنہٕ اؤزی (ؤزی مصمتہٕ گوٚ وسُہ مصمتہٕ یُس اداکرنس دوران پھورِ داوِ وزان آسن۔ اؤزی مصمتہٕ گوٚ و سُہ مصمتہٕ یُس اداکرنس دوران پھورِ داوِ وزان چھےٚ نہٕ۔)
* بولن شاے، مثلاً وُٹھ تہٕ وُٹھ (دُوٗٹھی) دندتہٕ زیٖو (زیٖوٕ دٕندی)، زیٖوتہٕ تال (زیٖوٕتالی) بیترِ۔
* ہکأری چھا کِنہٕ اَہکأری (ہکأری گوٚ وسُہ مصمتہٕ یَتھ ہگھ یا پھوکھ ستی نیرِ۔ مثلاً: /کھ/، /تھ/، /ٹھ/ بیترِ۔ اَہکأری گوٚ وسُہ مصمتہٕ یَتھ نہٕ ہگھ ستی نیرِ۔ مثلاً: /ک/، /ت/، /ٹ/۔

کأشرِ زبانہِ ہندی مصمتہ چھِ یِم:

#### 3.2.2.1 تھوٚپِ

/پ/ : دُوٗٹھی، اؤزی، اَہکأری تھوٚپِ۔(پگھ، کپُر، پوٚپ)

/پھ/ : دُوٗٹھی، اؤزی، ہکأری تھوٚپِ۔(پھلے، پھوٚپھ، تاپھ)

/ف/ : زیٖوٕدُوٗٹھی، اؤزی، ہکأری تھوٚپِ۔( فاقہ، نفرت، قاف)

/ب/ : دُوٗٹھی، ؤزی، ہکأری تھوٚپِ۔ (بر، اوبُر، نب)

/ت/ : زیٖوٕ ندی، اَوٕ زی، اہکأری تھوٚپٕ ۔(تارٕکھ، ترٛ، توٗت)

/تھ/ : زیٖوٕ ندی، اَوٕ زی، ہکأری تھوٚپٕ ۔(تھال، تھتھراے، گتھ)

/د/ : زیٖوٕ ندی، وٕ زی، اہکأری تھوٚپٕ ۔ (دود، دوٗدر، روٗد)

/ٹ/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، اَوٕ زی، اہکأری تھوٚپٕ ۔(ٹوٗپٕ، ژٹُن، ژوٚٹ)

/ٹھ/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، اَوٕ زی، ہکأری تھوٚپٕ ۔(ٹھوٗل، تٹھُل، کوٗٹھ)

/ڈ/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، وٕ زی، اَہکأری تھوٚپٕ ۔ (ڈول، پڈٕر، بوٚڈ)

/ک/ : پوٚت تاٗلی (velar)، اَوٕ زی، اَہکأری، تھوٚپٕ ۔(کوٗر، کُکل، ژوٚک)

/کھ/ : پوٚت تاٗلی ، اَوٕ زی، ہکأری، تھوٚپٕ ۔(کھوٗر، کھوکھر، ژٔکھ)

/گ/ : پوٚت تاٗلی، وٕ زی، اَہکأری، تھوٚپٕ ۔(گوٗل، گگر، ژھوگ)

3.2.2.2 بند۔ گِگھٕری (یَتھ منز بولن وَتھ بند گژھِ مگر یتی گژھِ گِگھٕر)

/ژ/ : زیٖوٕ ندی، اَوٕ زی، اَہکأری، بند۔ گِگھٕری (ژوٗر، ژٕٹُن، مُژ)

/ژھ/ : زیٖوٕ ندی، اَوٕ زی، ہکأری، بند۔ گِگھٕری (ژھل، مُژھیل، پوٚژھ)

/چ/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، اَوٕ زی، اَہکأری، بند۔ گِگھٕری (چور، چیٚچہِ، لوٗچ)

/چھ/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، اَوٕ زی، ہکأری، بند۔ گِگھٕری (چھانچھ، مچھٕر، گچھ)

/ج/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، وٕ زی، ہکأری، بند۔ گِگھٕری (جوش، کجر، کوج)

3.2.2.3 گِگھٕری (یَتھ منز بولن وَتھ بند گژھِ نہ بلکہ گژھِ گِگھٕر پأدٕ ۔)

/س/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، اَوٕ زی، اَہکأری، گِگھٕری (سونتھ، سوٗئر، گُس)

(کینژن فارسی لفظن منز چھِ امہ باپت ث تہٕ ص اچھرتہٕ ۔)

/ز/ : زیٖوٕ دوٚرتاٗلی، وٕ زی، اَہکأری، گِگھٕری (زان، زٕزُر، پوٚز)

(کینژن فارسی لفظن منز چھِ امہ باپت ذ، ض، تہٕ ظ اچھرتہٕ ۔)

/ش/ : منز تالٕی ،اَ ؤزی ،اَ ہکأری ،گکھری (شین، کأشُر ،راش)

/ہ/ : گیگٕی، اَ ؤزی، ہکأری ،گکھری (ہَش، ہُہر، گہہ)

2.2.2.4 نٔسی (nazals) (تِم مصمتہٕ یِم نٔسی وَتہِ نیران آسن۔)

/م/ : دُوٗٹھی ، ؤزی ،اَہکأری ،نسی (مور، کمر، موم)

/ن/ : زیٹھٕ وٗ دٔندی ، ؤزی ،اَہکأری ، نٔسی (نس، نوٗن، گن)

/نیہ/ : زیٹھٕ وٗ تالٕی ، ؤزی ،اَہکأری ،نٔسی ، (نیٚنیہِ ،گُنیٚر ،گٔنی)

('ں' چھُنہٕ مصمتہٕ ، بلکہ چھُ مصوتچ کھانکھرن ۔کأشرس منز چھےٚ پرٛیٚتھ

گُنہِ مصمتس کھانکھرن ہیٚکان سپدِتھ ۔)

3.2.2.5 تھرل(trill)۔ یہ گوٚ وتیٚتھ مصمتہٕ یُس ادا کرنس منز زیٹھٕ وٗ ڈرس

تالس ستی وُژھہٕ وُژھہٕ تھرتھرِ سان لگان چھےٚ۔

/ر/ : زیٹھٕ وٗ دوٗرتالٕی ، ؤزی ، اَہکأری ،تھرل ۔(روٗد، پوٚرُم، پَر)

/ڑ/ : زیٹھٕ وٗ منز تالٕی ، ؤزی ،اَہکأری ،ٹاسی ۔(سڑک ،کوٗڑ: مرأزی بولہ منز)

3.2.2.6 أندی (یہ گوٚ وتیٚتھ مصمتہٕ یُس ادا کرنہٕ وِزِ زیٹھٕ وٗ ڈرِس تالس ستی

لگہِ تہٕ ہوا نیرِ زیٹھٕ وٗ ہندیٚو دٕوٚیو اَندَو ۔)

/ل/ : زیٹھٕ وٗ دزتالٕی ،ؤزی ،اَہکأری ،أندی (لوٗر۔ پوٗلُر، کوٚل)

3.2.3 نیم مصوتہ (نیم مصوتہ گوٚ وتیٚتھ کانہہ مصمتہ ییٚتھ منز مکمل تھوٚپ یا

گکھر آسِہ نہٕ۔)

/و/ دُوٗٹھی ، ؤزی، اَہکأری ،نیم مصوتہ (ووتھ، ووٗر، لوو)

وُٹھہٕ دٔندی ، ؤزی، اَہکأری ،نیم مصوتہ (وَتھ، وان، دَو)

/ے/ زیٹھٕ وٗ تالٕی ، ؤزی ،اَہکأری ،نیم مصمتہ (یاوٕ، مایَر، ماے)

## 3.3 مصوتہٕ

3.3.1 **تعریف** : مصوتہٕ وَنوٚتتھ صوتیمس یُس ادا کرنس منز نہ تھوٚپ ییہِ تہٕ گرٛژھِ بولن تانٛن ہنز گھر پاٮ۪د۔ مصوتہٕ چھُ سیٚدٕ سیوٚد پھورٕ نارَو پیٚٹھ وہِ تلان تہٕ زیٚوِ ہنز حالت چھےٚ مصوتس شکل صورت بخشان۔ اگر اٚسہٕ وَتہٕ دراو، تیٚلہٕ گوٚو دہانٕی (oral)، تہٕ اگر نٔسی وتہٕ دراو، تیٚلہٕ گوٚو نٔسی (nasal)۔ کاشرِس منز چھُ پرٛیتھ دہانٕی مصوتس مقابل نٔسی مصوتہٕ۔ مصوتہٕ چہِ خاصیژٕ ہُند دارمدار چھُ یمن کتھن پیٚٹھ :

* زیٚوِ ہنز بولن شاے
* زیٚوِ ہُند تھوٚد، سوٚم، یا بون آسُن۔
* وُٹھن ہنز حالت
* ژھوٚٹ یا زیٛوٗٹھ آسُن
* نٔسی چھا کِنہٕ دہانٕی

مصوتہٕ چہِ ہیٚژٕ ہُند سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دارمدار چھُ زیٚوِ پیٚٹھ۔ مصوتن ہنز قسم بندی ہیٚکَو زیٚوِ ہنز یہِ شکل برونٛھ کنہِ تھاٛوِتھ کرِتھ:

| | برونٛھِ | منز | پۆت |
|---|---|---|---|
| ہیٚور، ژھوٚٹ | /ـِ/ | /ـٟ/ | /ـُ/ |
| ہیٚور زیٛوٗٹھ | /یہ//ی/ | /ـٟ/ | /وٗ/ |
| سوٚم، ژھوٚٹ | /یٚ/ | /ـٔ/ | /وٚ/ |
| سوٚم، زیٛوٗٹھ | /ے/ | /أ/ | /و/ |
| بون، ژھوٚٹ | | /ـَ/ | /و/ |
| بون، زیٛوٗٹھ | | /آ/ | |

## 3.3.2 وِیژھنَے

کأشرِین مصوتن ہنز وِیژھنَے چھےٚ یِتھ پأٹھی:

| مصوتہ | وِیژھنَے | مثال |
|---|---|---|
| /اِ/ | برونٹھی ، تھوٚد، ژھوٚٹ | اِنسان، ہِب، ژٔرِ |
| /ایٖ/ | برونٹھی ، تھوٚد، زیوٗٹھ | ایمان، تیٖل، زندگی |
| /ایٚ/ | برونٹھی ،سوٚم، ژھوٚٹ | تیٚلہِ، بیٚلہِ، چےٚ |
| /اے/ | برونٹھی ،سوٚم، زیوٗٹھ | کھیل، میز، ہے |
| /إ/ | منز، تھوٚد ، ژھوٚٹ | بہٕ، بلہٕ، ووتھٕ |
| /اٖ/ | منز، تھوٚد، زیوٗٹھ | ٹرٖ، ٕستی ،ٕکتی |
| /ئ/ | منز، سوٚم، ژھوٚٹ | أسی، ژٔر، بٔڈ |
| /اۭ/ | منز، سوٚم، زیوٗٹھ | أس، کأر، بأژ |
| /اَ/ | منز، بون، ژھوٚٹ | اَز، گرٕھ، اَن |
| /آ/ | منز،بون، زیوٗٹھ | آش،کار، ادا |
| /اُ/ | پوٚت، تھوٚد، ژھوٚٹ | اُف ، کاژٕر، ہُہ |
| /اوٗ/ | پوٚت، تھوٚد، زیوٗٹھ | اوٗری، ژوٗر ،ہوٗ |
| /اوٚ/ | پوٚت، سوٚم، ژھوٚٹ،گول | آوٚبُر ،گوٚبُر، پھوٚت |
| /او/ | پوٚت، سوٚم، زیوٗٹھ،نیم گول | اوترٕ، دود ، ہوہو |
| /او/ | پوٚت، بون، ژھوٚٹ | دود ،کول، نوش |

## 3.3.3۔ خائص مصوتہ

کأشرس منز چھِ صرف نَو مصوتہٕ خالص مصوتہٕ:

/ِ/ منز، تھوٚد، ژھوٚٹ (اِوش، ژِور)

/ٟ/ منز، تھوٚد، زیوٚٹھ (ٟتر، ٟستی)

/ٕ/ منز، سوٚم، ژھوٚٹ (أچھ، ژٕر)

/أ/ منز، سوٚم، زیوٚٹھ (أدی، رأچھ)

/َ/ بون، منز، ژھوٚٹ (اَس، بَر، زبَر)

/آ/ بون، منز، زیوٚٹھ (آس، کار، ادا)

/ُ/ پوٚت، تھوٚد، ژھوٚٹ (سُہ، کھُر، رُت)

/ۄ/ پوٚت، تھوٚد، زیوٚٹھ (اۄری، کۄر)

/ٚو/ پوٚت، تھوٚد، ژھوٚٹ (اٚوبُر، بوٚڈ)

## 3.3.4 مصوتہٕ مِلی

ہیٚری مۄنوَ مصوتوَ ورأے چھِ باقی سأری مصوتہ مصوتہٕ مِلی (diphthongs) یعنی دون یا دوٕیہِ کھوتہٕ زیادٕ مصوتن ہُند مرکب۔ مثلاً کأشرِس منز چھُنہٕ /ِ/ (بروٚنٹھی، تھوٚد، ژھوٚٹ) باقی زبانن ہندی پأٹھی خألص، بلکہ چھُ کھر (glide) ہیٚتھ نیران۔ مثلاً کأشری چھِ "انصاف" بدلہٕ ینصاف، "دِل" وننہ بجایہ "دِیل" "تہٕ" بجایہ "تیہِ" بیترِ ونان۔ یِم مصوتہ تہٕ چھِ ٕکھر ٟستی ہیٚتھ۔ مثلاً

/ی/ + /یہ/ مثلاً تیل، ژیری، (تیل، ژیری)

/ی/ + /یہ/ مثلاً میز، بیگ، (میز، بیگ)

کأشُر /و/ تہٕ چھُنہٕ ہندوستأن زبانن ہندی پأٹھی خألص۔ اَتھ منز چھہِ وُٹھ اوڈُے گول گژھان تہٕ پتہ چھُ أس کھوٗل سپدان۔ یعنی یہ چھُ/ وٗ/ + /ے/۔ مثلاً : ژور، چور، اوترٕ بیترٕ۔ صرف چھُ تیٚلی یہ خألِس /و/ روزان ییٚلہِ امہِ برونہہ تہٕ /و/ آسہِ۔ مثلاً: ووُور۔ یا آسہِ یہِ لفظس پتہٕ کنہِ۔ مثلاً: ہوہو، ہتو۔

مصوتہ ملی چھہِ یمن لفظن منز تہٕ نظرِ گژھان؛

ژوٗٹ /ژ/ + /وٗ/ + /ۓ/ + /ٹ/

گُر /گ/ + /ے/ + /ٕ/ + /ر/

شُر /ش/ + /ے/ + /ٕ/ + /ر/

## 3.4 تالرن

ییٚلہِ کانہہ مصمتہٕ ادا کرنہٕ وِزِ زیٚوِ ہُند برونٹھیم حصہ ڈٕرِس تالس کُن لگُن ہیٚیہِ تتھ چھہِ تالرن (palatalization) ونان۔ کأشرِس منز چھُ پریٹھ کانہہ مصمتہ تالراونہ یوان تہ کیٚنہہ مصمتہ چھہِ ہمیشہ تالری یعنی : /ج/ ، /چ/ ، /چھ/ ، /ش/۔ باقی مصمتن چھےٚ لفظن منز باگ تہ تہٕ لفظہ اندن پیٹھ تالرن سپدان۔ یہ ہیکہِ گُنہٕ تہٕ مصوتہٕ برونٹھ أستھ :۔

ا۔ لفظہ منز جایہِ :

دیٖس /د/ + /تالرن/ + /ِ/ + /س/

تیٖل /ت/ + /تالرن/ + /یہ/ + /ل/

ہیٚیہِ /ہ/ + /تالرن/ + /ے/ + /ِ/

میٖل /م/ + /تالرن/ + /ے/ + /ل/

پھیٖژ /پھ/ + /تالرن/ + /ٕ/ + /ژ/

| | |
|---|---|
| میٔٹ | /م/ + /تالرن/ + /ۓ/ + /ٹ/ |
| میأنی | /م/ + /تالرن/ + /أ/ + /ن/ + /تالرن/ |
| میاغین | /م/ + /تالرن/ + /آ/ + /ن/ + /تالرن/ + /ن/ |
| ڈیڈ | /د/ + /تالرن/ + /ے/ + /د/ |

(کأشرِس رسمِ خطس منز چھےٚ تالرن لفظہٕ منزس /یہٕ/ ٔستی ہاوٕنہٕ یوان۔ لفظہ منزس یہ "ہٕ" ٔستی ہاوُن چھُ غلط۔ "ہٕ" چھُ نہٕ کانہہ مصوتہٕ۔ اِوٚکنی چھُ یہٕ رسمِ خطہٕ منز خأرج کرنہٕ یوان۔)

لفظہٕ اند جایہ:

| | |
|---|---|
| گٔلی | /ک/ + /ۓ/ + /ل/ + /تالرن/ |
| أسی | /أ/ + /س/ + /تالرن/ |
| رٕتی | /ر/ + /ت/ + /تالرن/ |
| بأٹی | /ب/ + /ٹ/ + /تالرن/ |
| ٔستی | /س/ + /ٕ/ + /ت/ + /تالرن/ |

## 3.4 مصمتہٕ مِلی

کأشرس منز چھِ لفظہٕ گوڈ جایہِ اکوے مصمتہٕ مِیُل ممکن، تہٕ زن گوٚ وییٚلہِ مصمتہٕ پتہٕ /ر/ آسہِ۔ مثلاً

| | |
|---|---|
| ترٛٹھ | /ت/ + /ر/ + /ٹھ/ |
| کرٛٹھ | /ک/ + /ر/ + /ٹھ/ |
| پھرٛس | /پھ/ + /ر/ + /س/ |
| درٛمُن | /د/ + /ر/ + /م/ + /ُ/ + /ن/ |

لفظہٕ اند جایہِ چھُ مصمتہٕ میُل کأشرِس منز مشکل۔ کأشرِ چھِ توٚے تِمن فارسی لفظن منز باگ تہٕ مصوتہٕ لاگان یِمن منز مصمتہٕ میُل چھُ۔ (مگر رسمِ خطس منز نہ) مثلاً:

| | |
|---|---|
| لفظ | /ل//ے/+/ف/+/ٕ/+/ز/ |
| حرف | /ہ/+/ے/+/ر/+/ٚ/+/پھ/ |

## 3.5 مارفہٕ صوتی بدلاو (Morphophonemic Changes)

لفظن ہُند گرامر یعنی تعداد، جنس، حالت، کال، مطابقت بیترِ بدلنہٕ سٟتی چھِ اکثر مصوتہٕ بدلان۔ (امِکہٕ تفصیل یِن برونٹھ کُن پننہٕ پننہٕ جایہِ۔) مثلاً:

تعداد

| | |
|---|---|
| لوٗکُٹ < لوٗکٕٹۍ | /ے/ < /ٕ/ |
| تھوٚد < تھٔدۍ | /وٚ/ < /ٔ/ |
| گاٹُل < گاٹٕلۍ | /ے/ < /ٕ/، /ل/+/ی/ |

جنس

| | |
|---|---|
| رُت < رٕژ | /ے/ < /ٕ/، /ت/ < /ژ/ |
| تھوٚد < تھٔز | /وٚ/ < /ٔ/، /د/ < /ز/ |
| ہوٚل < ۂج | /وٚ/ < /ٔ/، /ل/ < /ج/ |

کال

| | | |
|---|---|---|
| پَر | پوٚرُتھ | پَرکھ |
| کھےٚ | کھیوم | کھیٚمہٕ |

اَن اۄنُن انہِ بیترِ بیترِ

(تفصیل ہِن برونٹھ کُن ۔)

## 3.6 ہَکھِ ٹُلتراو (intonation)

یۄدوَے کٲشرس منز ہکھ (pitch) صوتیمی پھیرِ چھُنہٕ انان، مگر جُملہٕ ادا کرنس منز چھُ لفظن ہُند ہکھ بدلُن ضرۆری۔ مثلاً کٲشرِ ین سوالیہ جُملن منز چھُ ہکھِ ٹُلتراو ٹاکارٕ۔

ژٕ گیو کھِ سأتور؟ (کھسوٕنہٕ ہکھِ پتہٕ وٕسوٗن ہکھ۔)

تِمس کیاہ چھُ ناو؟ (تھۄد ہکھ کیاہ لفظس پیٹھ۔)

باقی جُملن منز تہِ چھُ بعضے ہکھِ ٹُلتراو ضروری بنان۔ مثلاً

بہٕ گژھہٕ نہٕ تور۔

اَتھ جُملس ہیکن ژور ہکھِ ٹُلتراوِ ترتیبہٕ بُنتھ:

"بہٕ" لفظس ہکھ ۔1-2-3-4 (مطلب: بیٚیہِ کانہہ گژھِ تور، بہٕ نہٕ۔)

"گژھہٕ نہٕ" لفظس ہکھ :2-1-3-4 (مطلب: مےٚ چھُنہٕ ہرگز تور گژھُن۔)

"تور" لفظس ہکھ : 2-4-3-1 (مطلب: بہٕ گژھہٕ بیٚیہِ کُن، تور نہٕ۔)

## 3.7۔ آے (tone)

آے گۆو کتھِ ہندِ معنی تہٕ مطلبہٕ مطابق بیۆن بیۆن لفظن یا لفظَن پیٹھ زوٗرک کھسہٕ وَس۔ کٲشرس منز چھ حُکم، عرض، زارِ پارٕ، سوال، ہزل، رعب، یا بیان کرنہٕ باپت اکوے جُملہٕ مختلف کھسہٕ وسہ سان ادا ہیکان سپدِ تھ۔ مِ:

ژٕ یِکھنا سون۔

3.8 لہجہ (accent)

لہجہ گوٚو پھوٗرک سُہ کھسہٕ وَس یُس لفظس یا جُملس اندر مختلف حِصن تھوٚدیا بون ہکھ دِنہٕ ستی نوٚن چھُ نیران مگر معنی چھُنہٕ اثر انداز سپدان۔ لہجہِ چھُ بولن وألی سنز علاقایی یا طبقاتی پرزنتھ بنان۔ کأشرس منز چھےٚ گأمی تہٕ شہری لہجس منز ٹاکارٕ فرق۔ مرأزی لہجہِ چھُ کمرأزی لہجہِ نِشہِ بیوٚن۔ مرأزِس چھےٚ باسان کمرأزی سنز گتھ ہَرہش تہٕ کمرأزِس باسہِ مرأزی سنزِ گتھِ منز ہزلُک انداز۔

3.8۔ بار (stress)

بار گوٚو زبانہِ ہندِ پھورمزاز مطابق لفظن ہندیٚن لفظٕن ژوٚر، سوٚم، یا کم زور۔ انگریزی زبانہِ منز چھُ آوازن ہُند بار بنیادی اہمیت تھوان تہٕ امہِ ورأے ہیکہِ نہٕ بولنس منز معنی اداسپدِ تھے۔ کأشرس منز چھُنہٕ بار یعنی stress کانہہ صوتیمی پھیرٕ انان۔

3.9 زیٚچھر (length)

صوتیاتی سطحس پیٹھ گوٚو زیٚچھر مصوتہ اداکرنہٕ باپت وقتُک زیٚچھر یا ژھوچر۔ کیٚنہہ مصوتہ چھِ ژھوٚٹی (م: /ِ/، /ـِ/، /ٕ/، /ےٚ/، /یہٕ/، /ٕ/، /ٔ/، /وٚ/) تہٕ کیٚنہہ چھِ زیٚٹھی (م: /ایہ/، /ـٕ/، /ؤ/، /ے/، /اٗ/، /و/)۔ مگر کأشرس منز چھُ لفظٕن ہُند زیٚچھر یا ژھوچر تہِ صوتیمی۔ کیٚنہہ لفظ چھِ ژھوٚٹی تہٕ کیٚنہہ زیٚٹھی۔

3.10۔ وزن (rhythm)

وزن گوٚو ژھوچن تہٕ زیٚٹھین لفظٕن ہُند آہنگ یا قاعدٕ بند ترتیب۔ وزن چھُ شأعریہِ ہُند معاملہ، یوٚدوَے زن عام کتھ باتھِ منز تہِ وزن موجود آسان چھُ۔

# 4

# مارفیمیات

## 4.1 تعریف

مارفیمیات (morphology) چھُ گرامرُک سُہ حصہٕ یَتھ منز با معنی آوازن ہنزن بنیأدی اِکاین ہُند مطالعہ کرنہ یوان چھ۔ لفظن ہندیٚن بنیادی با معنی صوتی اکاین چھِ مارفیم (morpheme) ونان۔ مثلاً ''پوٚ رُم'' لفظ چھُ شیٚن مارفیمن ہُند بنیومُت:

پوٚ رُم = پر+ فاعل واحد+ پَتھ کال+مفعول+ واحد+ مذکر

مارفیم ہیٚکہِ اکہ یا اکہِ کھوتہٕ زیادم صوتیمن ہُند بنیومت اُستھ۔ یہ تہِ چھُ نہ ضروٗری زِ لفظس منز کیا آسہِ پریٚتھ مارفیمہ باپت کانہہ مقرر آواز تہِ۔ مثلاً ''سو'' لفظس منز چھِ ژور مارفیم:

سو= غایب شخص+ واحد+مونث+ فاعل

اوٚکُنۍ ہیکون نہ ''سو'' لفظ بیوٚن بیوٚن مارفیمن منز تقسیم کٔرتھ۔ لفظس منز مارفیمہ باپت نٔنۍ تہ ٹاکار آواز گوٚ مارف (morph)۔ مثلاً ''گُلی'' لفظس چھِ کم از کم زٕ مارفیم: گُل+جمع تہٕ زٕ نٔنۍ مارف چھِ: گُل+ی۔

مارفیم چھِ دون قسمن ہندی: یَلہٕ مارفیم تہٕ بند مارفیم۔

یَلہٕ مارفیم گوٚ وُسہ مارفیم یُس بیوٚن لفظہٕ رٔنگۍ ورتاونہٕ ہیٚکہِ یِتھ۔ مثلاً: ژور۔

بند مارفیم ہیکہِ نہ الگ پأٹھی ورتاونہ یِتھ۔ مثلاً ''ژٲرُیم'' لفظس منز چھُ ''ژٲر'' یلہِ مارفیم، تہٕ ''یُم'' چھُ بند مارفیم۔

## 4.2 لفظ تہٕ لفظن ہندی قسم

مارفیم تہٕ مارفن ہندِ رلنہٕ سٟتی چھِ لفظ بنان۔ لفظ گوٚ وٲلہذا کانہہ تہٕ بولنہٕ آمُت یا لیٚکھِتھ بامعنی یا بےٚ معنی وُنت یُس کُنہِ زبانہ ہُند اصل بولن وول پرٕزناوِتھ ہیٚکہِ۔ لفظس تہٕ لفظس درمیان چھُ ژھٔین ضروری۔

گرامرٕ اعتبارٕ چھِ لفظن ہندی کیٚنہہ وِیٚدی قسم یِم: ناوُت، پرناوُت، کرٛاوُت، باوُت، لگہٕ بأش، تہٕ واٲتُر۔

### 4.2.1 ناوُت

ناوُت گوٚو کانہہ تہِ سُہ لفظ یُس تعداد (واحد/جمع)، جنس (مذکر/مونث/أتھی جنس)، حالت (فاعل، مفعول، بیترِ) سٟتی آسہِ تہٕ یِم معنی جُز ہاونہٕ باپت یِتھ لگی ہیٚکن جورنہٕ یِتھ یا ہیٚکیس اندری صوتیمی بدلاو یِتھ۔ مثلاً: کتاب، سلیم، گام، آسمان، خواب، آواز، چایہِ دُکان، پونژیم ریٚتھ........... بیترِ بیترِ۔

ناوُت چھُ تعداد، جنس، حالت ہیٚتھ وتاوس منز یوان۔ اِوَکنی چھِ جدید گرامرس منز عام پأٹھی ناوُت بدلہ ناوٕتی ترکیب (Noun Phrase,NP) ورتاونہ یوان۔ ناوٕتی ترکیبس منز چھُ ناوُت مرکزی اہمیت تھوان۔ مثلاً: ''ووٕزلی رسدار ژوٗنٹھ'' چھُ ناوٕتی ترکیب یُتھ منز ''ژوٗنٹھ'' راے لفظ چھُ تہٕ یُس ناوُت چھُ۔

### 4.2.1.1 تعداد

کأشرِس منز چھُ ناوُت یاتہٕ واحد نتہٕ جمع وارتاونہ یوان۔ واریاہ ناوِتی چھِنہٕ صورت بدلاوان بلکہ جُملس منزورتاونہ ینہٕ ستی چھُ یہُند تعداد ظاہر سپدان۔ مثلاً :أچھ، کن، کلہ، کاو، بال، باغ، آسمان، آوبُر، پوش۔ گاسہ، بر، مکانہٕ، گرٕ، کھہ، میز، سودا، اصول، قاعدٕ، رنگ، زمین، رَتھ، جانور، پش، ٹاور، پیالہٕ، کمپیوٹر، بیترِ۔

یمن ناوتین تعداد مطابق صورت بدلان چھےٚ، تِمن چھِ یم مارفہٕ صوتی بدلاویوان:

| اصول | واحد | جمع |
|---|---|---|
| مذکر ناوِتی +/ی/ | گُل | گُلی |
| | شُر | شُری |
| /ۆ/ > /ٕ/+/ی/ | کۆل | کٕلی |
| | ہۆٹ | ہٕٹی |
| | کۆٹ | کٕٹی |
| | پھیۆر | پھیٚری |
| | مۆت | مٕتی |
| | پۆژھ | پٕژھی |
| | تھۆنگ | تھنگی |

ناوُت (مونث)

| اصول | واحد | جمع |
|---|---|---|
| /ٕ/ > /ٕ/+/ِ/ | ژٕر | ژٕرِ |

| | | |
|---|---|---|
| | گٔنز | گنِہ |
| | دٔج | دَجِہ |
| | گٔر | گرِ |
| /ٲ/ > /آ/ + /ِ/ | ہٲر | ہارِ |
| | کٲر | کارِ |
| | مٲج | ماجِہ |
| /ٕ/ + | کتاب | کتابٕہ |
| | زنان | زنانٕہ |
| | زبان | زبانٕہ |
| | کمان | کمانٕہ |
| | دوس | دوٕسہ |
| | بیر | بیرٕ |
| | زنگ | زنگٕہ |
| | ال | الٕہ |
| | ژادر | ژادرٕ |
| | ٹھول | ٹھولٕہ |
| | ٕتر | ٕترٕ |
| | بیر | بیرٕ |
| | داو | داوٕ |

| | | |
|---|---|---|
| /ٹ/ < /چ/+/ ِ/ | پٔٹ | پچھِ |
| | کٔٹ | کچھِ |
| | لٔٹ | لچھِ |
| | میٔٹ | میچھِ |
| | ۂٹ | ہچھِ |
| /ٔے/ < /ے/ ،/ڈ/ < /ج/+/ ِ/ | لٔنڈ | لنجہ |
| | گٔنڈ | کنجہ |
| /ٕو/ < /و/+/ ِ/ | کوٕر | کورِ |
| | لوٕر | لورِ |
| | دوٕر | دورِ |
| | ہوٕنیِ | ہونہِ |
| تھ < ت+ ٕ | وَتھ | وتہٕ |
| | دَتھ | دَتہٕ |
| | لَتھ | لتہٕ |

### 4.2.1.2 جنس

کأشرِس منز چھُ جنس اکھ ویوٚ دگرامری مَد ۔ پریٚتھ کانہہ ناوٕ ت ، زُودار یا بےٚ زُو، چھُ یا تہٕ مذکر، نتہٕ مونث ورتاونہٕ یوان ۔نہ صرف چھےٚ کینژن ناوتین منز صوتی مارفیمی تبدیلی یوان ، بلکہ چھِ جملس منز یمن ستیٚ جوٗرِتھ باقی لفظ تہ صوتیمی مارفیمی تبدیلیہ رٹان ۔مثلاً:

ووٕزِ ج ژٕ رہٹھ گلِ لنجہ پیٹھ بوٗلی کرنہِ ۔
بُلبلن بنووِمیأنِس کِٹھس منزاول ۔

گرامری جنس چھُنہٕ فطری جنسس ستیٚ کانہہ واٹھ تھوان ۔اکھتےٚ چھُ کینژن ناوتین منز گرامری جنس فطری جنسس پھِرتھ ۔یَس تہِ کأشر مادری زبان آسہ تس چھُ پانَے ، ہیچھناونہٕ ورأے زانُن تگان زِ کتھ لفظس کیا جنس شوٗبہِ ۔اگر کانہہ نوٚو لفظ تہِ کأشرِس منز یِیہِ ، کانہہ تہ عام کأشر کڈِ پأنیٖ پانَے امیک جنس بدِ تہٕ سُہ آسہِ سارنےٚ کأشرِین بولن والین ہیُوٚ ے ۔مثلاً کأشرِس منز حال حالےٚ دأخل سپدیٚمتی یم کینہہ نٔوی لفظ چھِ سارنےٚ کأشرِین ہندِ خأطرِ مونث:

فلاپی، ڈِسک ،لیڈ ،چِپ ،سی ڈی، ہارڈ ڈِسک، بیترِ

یم نٔوی لفظ چھِ سارنےٚ کأشرِین ہندِ باپت مذکر:

کمپیوٹر، کی بورڈ ، ماوس ، اِن پیج ، وأرڈ ،سکرین، یوٗپی سی، بیترِ ۔

ناوتین ہُند گرامری جنس چھ جبری ۔شاید چھُ لفظن ہُند صوتی مزاج یُس اسہِ تِمن ہُند گرامری جنس طے کرناوان چھُ ۔مگر اَمِچ ویژھ ھنَے کرِنی چھےٚ مشکل، بلکہ ناممکن ۔

کأشرِس منز یم فارسی تہٕ عربی لفظ اُردو زبانہِ ہندِ اثرٕ بروٗنہہ آمتی چھِ تم چھِ اکثر

ناگزیر پاٹھی مذکر: مثلاً:

تقدیر، تعویز، تدبیر، تمنا، تعمیر، حیات، غزل، حکومت، سرکار، دعوت،

دُعا، مدعا، تاریخ، سزا، جزا، فنا، وفا، محبت، اصول، وصول،

فہرست، ترکیب، ترسیل،

اُردو تعلیمہ ہُند اثر گوٚ ووُہمہٕ صدی ہندِ آغازٕ پیٹھ شروع تہٕ اَتھ ستی ستی پیوٚ و کاشرِس پیٹھ اردو/ ہندی فلمن تہٕ ابلاغی ذریعین ہُند اثر تہٕ۔ اردو والیو یِمن فارسی ناوتین مونث جنس دیُت، تم آیہ کاشرِس منز تہٕ مونث پاٹھی ورتاونہٕ۔ مثلاً:

حکومت، ریاست، دعوت، سیاست، بلاغت، سخاوت، داستان،

ترتیب، ترکیب، ............بیترِ۔

لہٰذا چھُ تِتھین ناوتین ہُند جنس کاشرِس منز اختیاری۔ یِم ہیکو کھ اَسی مذکر تہٕ ورتاوِتھ تِکیازِ فارسی تہٕ عربی زبانن ہُند اثر چھُ کاشرِس پیٹھ اُردو زبانہٕ برونٹھ پیوٚمُت۔ امہٕ علاوٕ چھُ بیا کھ اہم تاریخی پزر یہ تہٕ زِ وار یہو کاشر یو اُستاد شاعرو چھِ فارسی عربی لفظ مذکر پاٹھی ورتاوی متی۔

یِمن فارسی-عربی ناوتین اندس پیٹھ/ ی/ آسہٕ تِم چھِ بہر حال مونث روزان:

زندگی، وردی، سردی، بندگی، کمینہ گی، صحت یابی، آزادی، نیکی،

آوارگی، غریبی، فراوانی، روانی، لاچاری، مجبوری،

کاشرِس منز چھِ واریاہ زُودار چیزن ہندِ باپت ناوتی مذکر صورت تہٕ تہٕ مونث صورت تھوان۔ مگر ضروری چھُنہٕ زِ تِتھین ناوتین ہُند گرامری جنس کیا آسہٕ تِہُند فطری جنس۔ مثلاً: بوے < بیٚنہٕ؛ بینتھر < بینژٕ...... بیترِ۔

بونہٕ کنہٕ چھُ زُودار ناوتین ہندِ جنسی پھیرُک فہرست:

| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
|---|---|---|---|
| کانٛژُر | ژٕر | داند | گاو |
| ژھاوُل | ژھاوٕج | گٹھ | گٲب |
| مرد | زنان/زنانہٕ | زٔون | زٔنی |
| نٕچُو | کوٗر | ہیٛہُر | ہش |
| موٗل | موج/مأج | پوپھُو | پوپھ |
| پیٛتُر | پیٚچھِنٛی | ماسُو | ماس |
| زامتُر | نوش | ۂہر | سال |
| مام | مامنٕی | کرٛال | کرٛأج |
| کانٛدُر | کاندریٛنی | پوٗتُل | پٕہج |
| راز | رأنی | کوٗکُر | کوٕکر |
| بطُخ | بٕطچ | پوٗنز | پٔنز |
| شال | شأج | وۄژھ | وَژٕھر |
| ہکُھر | ہوٗکھر | گُجُر | گُجرأنی |
| چور | چأر | کوٗل | کٔج |
| دۄب | دۄبٕ بایہ | مُقدم | مُقدم بایہ |
| خوجہٕ | خوجہٕ بایہ | پوٗژھ | پٔژھی بایہ |
| ڈاکٹر | ڈاکٹر بایہ | ماشٹر | ماشٹر بایہ |
| برٛور | برأری | ہوٗن | ہوٗنی |
| سِہہ | سِیمٕنی | ہاپُت | ہاپٕژ |

کأشرِس منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ جنسہٕ چھُنہٕ (neutral) ناوُت، زٕوٕی اَسٕتن یا اَ-زٕوٕی۔ پرٛیتھ کانہہ ناوُت چھُ مذکر یا مونث ورتاونہٕ یوان۔ ناوتین ہُند جنس چھُ باوِتس جنسہٕ لوٚگ لاگنہٕ ستی (وُچھِو باوُت)، ڈکھہِ کراوتہٕ ستی (وُچھِو: ڈکھہِ کراوُت)، یا ٹٔری کراوِتس منز صوتی مارفیمی ہیرٕ ستی ظاہر سپدان۔ (وُچھِو: کراوتی ہشرن)۔ مثالہٕ:

لوٚکٕٹ کتاب چھےٚ میأنی۔ (لوکُٹ > لوٚکٕٹ) + چھےٚ۔

کٔنی چھےٚ میٚژِ تل۔ (چھےٚ)

ہأر اَس بول بوش کران۔ (اَس)

امہِ رٔنگی ہیکو کھ ناوتین ہندی یم ورگ بدِ کٔڈِتھ:

i۔ تم زٕوٕی ناوتی یم مونث ورتاونہٕ یوان چھِ:

پِنٛدٕ چھ، ہأر، گانٹھ، کُکِل، رِکل، تِٹٕر، زٕوو، مُچھ، گاڈ، گُنس، بونی، ویرِ، یأر، تھٕر، پالک، سوٚژل، لِسہٕ، گوٗ گج۔ مُج، گاز ر، اَل، نٔر، سوے، ہامہٕ، سِندِ ج، مکأے، اوٚنج، ریٚے،

ii۔ تم زٕوٕی ناوتی یم مذکر ورتاونہٕ یوان چھِ:

بزگ، خرگوش، سرٕپھ، پٔیش، موٗہ، راتہٕ موگُل، کاو، پوشنوٗل، کولہٕ ٹوٗچ، زلُر، پیچ، مگر مچھ، راتہٕ کریل، بوٚمبُر، پوش، پھرٕس، اَر، ژوٗنٹھ، ٹنگ، سنگترٕ، کیلہ، بریٚن، لِکٕر، رأیِل، دیودار، سرٕو، شمشاد، گُلاب، اچھِ پوش،، درٕمُن، پمپچھ۔ ہاکھ، وانگُن، مرٕژ وانگُن، لأر، گاسہ، دانہِ، تِلہٕ گوگُل، کٔنکھ،

iii۔ تم اَزٕوٕی ناوِتی یم مذکر چھِ ورتاونہٕ یوان۔

تاپھ، اوٗبُر، آسمان، تارُکھ، آفتاب، جہاز، بال، شین، روٗد، کوہ، ہاو، ہوا، ٹُل کٹُر، یخ، آب، سر، ناگ، دریاو، آبشار، آرٕ، پَل، چھمب، مکان، پش، کُن، دیوٗن، فرش، تالو، آنگُن، باغ، کھہہ، شِستر، سوٗن، روپھ، ترٛام، کمپیوٹر، میز، بستر، شاند، شیٹ، پھیٖرن، ییزارٕ، کوٹ، قلم، ہیپٹر، وُشنیر، سٹیشن، ایرپورٹ، رنوے، انٹرویوٗ، تنخواہ، وظیفہٕ،

iii۔ تم اَزٕوٕی ناوِتی یم مونث چھِ ورتاونہٕ یوان۔

کول، ویٖتھ، ویٖشو، کشیر، سیٖند، زوٗن، وُزمل، ہٕتر، کانگر، قمیض، لیف، ژادر، دوات، ڈِسک، فلاپی، کاپی، ڈایری، تار، بجلی، بخارٕی، گرمی، گنٕی، سیکھ، باجر، سڑک، گاڑٕی، سیٖٹ، بس، کار، ریل، سوأرٕی، کمرٕ، ہوٹل، ڈیرٕ، سفر، یونیورسٹی، نوکری، مجبوری، لاچأرٕی،

### 4.2.1.3 پرَناوُت (pronoun)

تم لفظ یم ناوِتی ترکیبہِ بدلہ یا ناوتہِ بدلہٕ ورتاونہٕ یوان چھِ تِمن چھِ پرناوِتی ونان۔

4.2.1.3.1 پرناوتیٖن ہندی قسم: پرناوِتی چھِ ستن قسمن ہندی۔

4.2.1.3.1.i شخصہِ پرناوِتی: یم گیہ تم سأری پرناوِتی یم انسانن ہندِ باپت، یعنی أکِم شخص (بولن وألی) ہِندِ باپت، دوٚیم شخص (بوزن وألی)

ۂندِ باپت، ترٚیِم شخص (غایب) ۂندِ باپت ورتاونہٕ چھِ یِوان۔

| ترٚیِم شخص | | دۆیِم شخص | | اَکِم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|
| جمع | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد |
| تِم/تِمہٕ | سُہ/سو | تۄہۍ | ژٕ | أسۍ | بہٕ |

سارنٕے شخصہٕ پرناوتے چھےٚ کیسہٕ مطابق مختلف صورژ۔ (وُچھِو کیس۔)

4.2.1.3.1.ii ہاوَن پرناوِتی : یُس پرناوُت کُنہِ کُن تتھٕ پاٹھۍ حوالہٕ آسہِ دِیہ یِیہ بیٚیہِ کُنہِ نِشہِ بیٚون زاننہ، گۆو ہاوَن پَرناوُت۔ کأشرس منز چھِ ہاوَن پرناوِتی ترٚیٚن ورگن ہندۍ :

نکھٕ، نۆن : یہِ تہٕ یِم/یِمہٕ

دوٗرنۆن : ہُہ /ہو تہٕ ہُم/ہُمہٕ

دوٗر اَنۆن : تہِ تہٕ تِم

ترٚیشونی ورگن ہندٚین یِمن ہاوَن پرناوتٚین چھےٚ مختلف کیسن منز مختلف صورژ۔ (وُچھِو کیس)

4.2.1.3.1.iii سوالہٕ پَرناوِتی : تِم پرناوِتی یِم سوال پرژھنہٕ باپت ورتاونہٕ یِوان چھِ۔ (وُچھِو سوالہٕ جُملہٕ)۔ سأری سوالہٕ پرناوِتی چھِ اک/ ءتی شروع گژھان۔ سوالہٕ پرناوِتی چھِ پانژن قسمن ہندۍ :

شخصہٕ سوالہٕ پَرناوِتی : کُس، کوٚسہ، کم، کمو،

سِمتہٕ سوالہٕ پَرناوِتی : کیٚأری، کور، کُکُن

وقتہٕ سوالہٕ پَرناوِتی : کر،

مِقدارسوالہٕ پَرناوِتی : کوٚت

صفتہٕ سوالہٕ پَرناوِتی : کیُتھ

یِمن سارنےٚ پرناوتین چھےٚ کیسہٕ مطابق صورت بدلان۔(وُچھوکیس)

4.2.1.3.1.iv حوالہٕ پرناوِتی : حوالہٕ پرناوُت گوٚو سُہ پرناوُت یُس ناوِتی ترکیبہِ منز گُنہ جملہٕ اڈس ناوتس ستی رلاونہٕ باپت ورتاونہٕ یوان چھُ۔مثلاً :

مےٚ وُچھ سُہ جاناواریَس تونتھ ووزٕ ج چھےٚ۔

اَتھ جُملس منز چھُ ''......یس تونتھ ووزٕ ج چھےٚ۔'' حوالہٕ پرناوتہِ ستی شروع گژھان۔سأری کأشرِ حوالہٕ پرناوِتی چھِ/ے/ ستی شروع گژھان۔

رلاون پرناوِتی چھِ پانژن قسمن ہندی :

شخصہٕ رلاوَن پَرناوِتی : یُس،یوسہٕ،یِم، یِمہٕ

سِمتہٕ رلاوَن پَرناوِتی : یپأری،یوٚت،یِکُن

وقتہٕ رلاوَن پَرناوِتی : یِیلہٕ

مِقدار رلاوَن پَرناوِتی : یوٚت

صفتہ رلاوَن پَرناوِتی : یُتھ

یِمن سارنےٚ حوالہٕ پرناوتین چھےٚ کیسہٕ مطابق صورت بدلان۔ (وُچھوکیس)

4.2.1.3.1. v آنکونہٕ پرناوِتی : کانہہ،کانہہ نہٕ،کُنہِ نہ،کم کم، کأتیاہ۔

یِمن سارنےٚ آنکونہٕ پرناوتین چھےٚ کیسہٕ مطابق صورژ بدلی سپدان۔

## 4.2.1.4 کیس (case)

ناوتیک یا پرناوتیک نحوی معنی گوٚو کیس (case)۔ تہٕ زَن گوٚو زِ کُنہِ جُملس منز کیاہ رشتہٕ چھُ ناوُتس جُملہ کیٚن باقی جُزن سٟتؠ۔

مثلاً ''سُہ'' چھُ اکھ شخصی پرناوٗت۔ یوٚہے چھُ یِمن جُملن منز:

سُہ چھُ چاے چیوان۔

تمۍ چیٚے چاے۔

مےٚ دِژ تمِس چاے۔

تمۍ سندِ ئسی پھُٹ پیالہٕ۔

چاے چھےٚ تسنز۔

یِمن جُملن منز چھُ جُملنِ ہندیٚن باقی جُزن ہندِ رشتہٕ سٟتؠ ''سُہ'' بنان: سُہ، تمِس، تمۍ سندِ، تسنز (یا تمۍ سنز)۔

کیٚسچ وضاحت چھےٚ قدیم روٗمس منز گرامر دانو لاطینی زبانہٕ ہندِ حوالہٕ کٔرمٕژ تِکیازِ کاشرِ کی پأٹھی چھُ لاطینی زبانہِ ہُند کیس نظام نہایت پیچیدٕ۔ جدید گرامرس منز یوٚ دوٚے کیس ویٚژھناونہٕ بدلہٕ نٔوی کینٛہہ طریقہ وضع کرنہ آمٕتؠ چھ، مگر روایتی طرٟچ لگہاٚری ہیکہِ نہ رَد سپدِتھ، خاصکٔرِتھ تِمن زبانن ہندِ حوالہٕ یِمن منز ناوتیٚن تہٕ پرناوتیٚن سیٚٹھاہ کھری دارصوتی۔ مارفیمی بدلاویوان چھُ۔

کأشرِس منز چھُ کیس کم از کم ستن قسمن ہندی: 1۔ فاعلی کیس، 2۔ کراول کیس، 3۔ مفعولی کیس، 4۔ ورگہٕ کیس، 5۔ مِلکیتی کیس، 6۔ وقوعی کیس، 7۔ آیہ کیس

### 4.2.1.4.1 فاعلی کیس (Subjective Case)

ییٚلہ ناوٕت یا پرناوٕت اَٹرِ کراوتیک (intransitive verb) فاعل آسہِ ،سُہ گوٚو فاعلی کیس ۔مثلاً:

سو چھےٚ خوبصورت۔

سو چھےٚ اسان۔

پوشہِ چھِ پھولان۔

سُہ چھُ باسان خوش۔

ناوتیک شخص،تعداد تہٕ جنس چھُ امہِ پتہٕ لگن وأ لِس کراوتس یا ڈکھہِ کراوتس منز بدلاوٕ سِتی ظأہر سپدان ۔فاعلی کیسس منز چھُ ازکالہ کراوتس سِتی پرناوتین ہُند گردان یِتھ پأٹھی سپدان۔

| ترییٚم شخص | | دوٚییم شخص | | اکِم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|
| تم/تمہٕ | سُہ/سو | ژٕ | تہی | أسی | بہٕ |

### 4.2.1.4.2 کراوَل کیس (Ergative or Agentive case)

ییٚلہِ ناوٕت یا پرناوٕت کُنہِ ٹرِ کراوتیک (transitive verb) فاعل آسہِ تہٕ کراوتس سِتی آسہِ مفعول تہِ ،ناوتہِ چہِ تتھ حالتُس وَنو کراوَل کیس۔مثلاً:

مےٚ پوٚر اخبار۔

تمَو وُچھ فِلم۔

ژےٚ أسِتھ چھٹی ہٕمژ۔بیترٕ۔

کراوٕت چھُ اَتھ حالتُس منز کراوَل تہٕ مفعولہِ کِس تعدادس ،جنسس تہٕ شخصس سِتی

ہشر تھاوان۔ کراوَل کیس منز چھُ پرناوتین ہُند بدلاو یِتھ پاٹھی سپدان:

| ترییم شخص | | دوٗیم شخص | | اکم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|
| تِمو/تمو | تمہِ/تمیٚ | توہہ | ژٕے | اسہِ | مےٚ |

### 4.2.1.4.3 مفعولی کیس (Objective or Accusative Case)

یِیلہِ ناوٕت کُنہِ ترٛی کراوتہ چہِ عملہ ہُند رٹن وول شخص یا چیز آسہِ ، تتھ کیس چھِ ونان مفعولی کیس۔ مثلاً :

بُلبلن کھیوٚ وژونٹھ۔

اَتھ جُملس منز چھُ ''ژونٹھ'' مفعول۔ امیک ، جنس تہٕ شخص چھُ کراوتہِ کہِ بدلاوِ ستی ظاہر سپدان۔ بیٚیہِ کینہہ مثالہِ:

تِمو وُچھُس بہٕ۔

ژٕے پٕرتھ کتاب۔

ژٕے پوٚرُتھ اخبار۔

تِمو پٕر کتاب۔

تُہی پٕرو کتابہٕ۔ بیترِ

### 4.2.1.4.4 ورگہٕ کیس (Dative Case)

یِیلہِ ترٛی کراوِتس زٕ مفعول آسن ، اکھ سیوٚد تہٕ بیا کھ ورگہٕ ، ورگہٕ مفعول چھُ ورگہٕ کیس منز ژانہ یوان۔ مثلاً:

تِمو دِژ کتاب حمیدس۔ / تِمو دِژ حمیدس کتاب۔

دوشوٚنی جُملن منز چھُ حمید ورگہٕ مفعول تہٕ کتاب چھےٚ سیوٚد مفعول۔ ورگہٕ

مفعولس چھِ لگُو (inflections) لگان تہٕ بعضے چھُس أندری صوتیمی بدلاو تہِ سپدان۔

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| +/ ے/ +/س/ | +/ -/ | +/ ے/ +/ن/ | +/یہ/ ے/ +/ن/ |

مے دِژ کتاب سلیمس۔

مے دِژ کتاب کورِ۔

مے دِژ کتاب لڑکن۔

مے دِژ کتاب کورین۔

4.2.1.4.5 مِلکیتی کیس (Genitive Case)

مِلکیتی کیس گوٚو ناوت گُنہِ چیزٕچ ملکیت ہاوان آسہِ۔ مثلاً: حمیدٕنی کتاب۔ سلیمُن قلم۔ کرٕیمنٕ شُری۔ فاعلس چھِ مِلکیژٕ ہُند تعداد تہٕ جنس ہاونہٕ باپت مناسب لگو لگان۔

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| +/ ے/ +/ن/ | +/ ٕ/ +/نیہ/ +/ی/ | +/ ٕ/ +/ن/ +/ی/ | +/نیہ/ +/ ِ/ |

فاعل اگر پرناوٕت آسہِ تیٚلہ چھُ فاعلس پتہٕ لگان: ''سُند'' یا ''ہُند'' سٕندی یا ہندی، سٕنز یا ہنز، یا ہٕنز۔

### 4.2.1.4.6 وقوعی کیس (Locative Case)

وقوعی جیس گۆو ییٚلہِ فاعلس پتہٕ ''منز''، ''پیٹھ''، ''تَل'' لگان آسہ۔
فاعلس چھُ مصوتہٕ بدلا وسپدان تہٕ تعدادِ مطابق چھِس لگی لگان۔ مثلاً:

کُلِس پیٹھ چھِ جاناوار۔ کُلِس تَل چھِ جاناوار۔

کُلئن پیٹھ چھِ جاناوار۔ کُلئن تَل چھِ جاناوار۔

میزس پیٹھ چھےٚ کتاب۔ میزس تَل چھےٚ کتاب۔

میزن پیٹھ چھےٚ کتابہٕ۔ میزن تَل چھےٚ کتاب۔

### 4.2.1.4.7 آیتی کیس (Ablative Case/ Instrumental Case)

یہ گۆو سُہ کیس ییٚلہِ ناوٗت یا پرناوٗت کانہہ آے (ذریعہ، آلہٕ، سمتٕ، وقت، صورت، یا جاے) ہاوان آسہِ تہٕ اَتھ آسن مناسب لگی لگان ۔ یم لگی چھِ:

{...... ےو} ڈوٗن پھٹراو دندَو ستی۔ (دندَو ستی)

{...... ِ} کلف پھٹراو کنہٕ ستی۔

جاناوار ژول کُلہِ پیٹھی۔

{......ٕ} پُلسن لوے تس ڈَنڈٕ ستی۔

بُڈ پیۆو گرِ پیٹھ ؤسی۔

{......+ی} تم دراے ییاٗری کنی۔

آیتی کیسس منز چھِ یم لفظ ناوتس پتہٕ لگان چھِ تم چھِ: ستی، پیٹھی، کنی، کُن، پیٹھ۔

## 4.2.2 ناوِتی تھرَ ے

کُنہٕ تہٕ لفظس ہیکہِ ناوُت بٕنتھ۔

4.2.2.1 کرٛاوتہٕ ناوُت (Gerund) سُہ ناوُت یُس کراوتس کالہٕ کھاو (infinitive) لوٚگ لاگنہٕ ستی بنہ، تَتھ ونَو کراوتہٕ ناوُت۔ مثلاً

پَر + ُ + ن = پرُن

''پرُن'' ہیکون ناوتِکی پأٹھی جُملن منزورتأوِتھ۔ مثلاً: پرُن چھنہٕ راوان۔
اَتھ ہیکن کیسہٕ مطابق ہیٚو بدلِتھ مثلاً: پرُن، پرنن، پرنس، پرنک، پرنہٕ۔
سأری کراوتہٕ ناوِتی چھِ مذکر۔

کینژن کراوتین چھُ کراوتہٕ ناوُت بنہ باپت اندٕری صوتیمی بدلاو کرُن پیٚوان۔ مثلاً: رٹھ > رٹُن۔

| کراوُت | کراوِتی ناوُت | کراوُت | کراوِتی ناوُت |
|---|---|---|---|
| ووتھ | ووتھُن | بیہہ | بیہُن |
| لیکھ | لیکھُن | وُچھ | وُچھُن |
| اَن | اَنُن | نہٕ | نیُن |
| دِ | دیُن | چےٚ | چیوٚن |
| نیر | نیرُن | ژَٹھ | ژٹُن |
| دَز | دزُن | زال | زالُن |
| پھول | پھولُن | پکھ | پکُن |
| ژَل | ژلُن | کر | کرُن |

### 4.2.2.2 باوتہٕ ناوُت

موزون صوتیمی بدلاو کرنہٕ ستیٖ ہیکہِ پریتھ کُنہِ باوتس ناوُت بٔنتھ۔ اکثر باوتین چھُ ناوُت بناونہٕ باپت ''-آر'' یا '' ـَر'' لۆگ لاگُن پیٚوان۔ امہِ برونہہ چھےٚ باوتس یمہٕ کیٛنہہ صوتیمی تبدیلیہ سپدان:

/ت/ > /ژ/+/ ـَ/ر/

/ٹ/ > /چ/+/ ـَ/ر/

/ٹ/ > /چھ/+/ ـَ/ر/

/ل/ > /ج/+/ ـَ/ر/

/گ/ > /ج/+/ ـَ/ر/

/د/ > /ز/+/ ـَ/ر/

/ڈ/ > /ج/+/ ـَ/ر/

| باوُت | ناوُت | باوُت | ناوُت |
|---|---|---|---|
| وۄزُل | وۄزجار | کرٛیُہُن | کرٛیٚہیار |
| چھۆت | چھۄژر | ویۆٹھ | ویٚچھر |
| مۆٹ | مۄچر | لۆت | لۄژر |
| تۆت | تۄژر | کھۆٹ | کھۄچر |
| درۆگ | درۄجر | گۆش | گۄشر |
| میۆٹھ | میچھر | ٹیۆٹھ | ٹیٚچھر |
| ژۆک | ژۄکیٖر | مۆدُر | مۄدریار |
| ہُند | ہُنزر | ویٚکھُت | ویٚکھۄژار |

| | | | |
|---|---|---|---|
| کریُٹھ | کرچھر | سیۆد | سیٚزر |
| دۄر | درٛیر | مأری مۆند | مأری منزر |
| أویُل | أوی جار | زأویُل | زأوی جار |
| کۆل | کجر | کھۆل | کھجر |
| ہۆل | ہجر | بۆڈ | بجر |
| لوٗکٹ | لوٗچر | بُڈٕ | بُجر |

فارسی پیٹھ آمتیٚن باوتیٚن چھنہٕ امہٕ قسمُک صوتیمی بدلاو سپدان بلکہٕ چھہٕ یتھی ناوِتی فارسی لِکھے بنان:

| باوُت | ناوُت | باوُت | ناوُت |
|---|---|---|---|
| سرد | سردی | گرم | گرمی |
| تیز | تیزی | خشک | خشکی |
| کمینہ | کمینہ گی | شایستہ | شایستگی |
| نیک | نیکی | بد | بدی |
| خوبصورت | خوبصورتی | بدصورت | بدصورتی |
| حسین | حُسن | جمیل | جمال |
| رفیق | رفاقت | شفیق | شفقت |
| ذلیل | ذلالت | خبیث | خباثت |

### 4.2.2.3 لگہٕ بأش ناوٗت

لگہٕ بأش ہیکہِ صوتیمی بدلاوٕ ستی ناوتس منز تبدیل سپدتھ۔

/ک/+/ے/+/ی/+......

/م/+/ے/+/ی/+......

| ہُر کراوٗت | ناوٗت | ہُر کراوٗت | ناوٗت |
|---|---|---|---|
| اَپأرِ | اپأریُم | یپأری | یپأریُم |
| تَل | تلُیم | پیٹھ | پیٹھُیم |
| کپأری | کپأریُم | تتہِ | تتیُک |
| یێتہِ | یێتیُک | تێلہِ | تێلیُک |
| از | أزیُک | کالہٕ | کالکُ |
| بون | بۆنیُم | ہێرِ | ہێریُم |
| کیُتھ | کِتھیُک | یُتھ | یِتھیُک |

### 4.2.2.4 مرکب ناوٕتی

دوٚن واحد ناوتیٚن ہُند یکہ وٹہٕ رٕلتھ واحد مرکب ناوٗت بنُن چھ کأشرس منز عام۔ امِکی کێنہہ قسم چھِ:

#### 4.2.2.4.1 ناوٕتی میٖل

یم گٔیہِ تم مرکب ناوٕتی یمن منزٕ ناوٕتی پننہِ فطری رشتہٕ کِنی بعضے یکہ وٹہٕ ورتاونہٕ یوان چھِ۔ مثلاً:

| | |
|---|---|
| ہیٚنہِ بوے | (ہیٚنہِ بوے گوٚونم تہٕ ماز۔) |
| مول موج | (مول موج ماچھُ کأنسہِ پوشان!) |
| سوکھ دوکھ | (اسہِ چھُ سوکھ دوکھ یکوٹہٕ وُچھمُت۔) |
| ہیوٚ ربون | (صحتس منز چھُ ہیوٚ ربون آمتُے۔) |
| شُری بأژ | (سُہ ژٕوٚل شُری بأژ ہیٚتھ کشیر ترأوِتھ۔) |

یتھیٚن مرکب ناوتیں منز چھُ دون ناوتیٚن ہُند ترتیب رواجس منز گنڈِتھ۔ مثلاً ''مول موج'' بدلہ ''موج مول'' وُنن چھُ عجیب باسان۔

## 4.2.2.4.2 دٔپتی ناوِتی مِلو

تِم مرکب ناوِتی یِمن منز مِلِتھ ناوتی پنُن لغوی معنے ترأوِتھ ورگہ معنی رٹان آسن۔ مثلاً:

| | |
|---|---|
| چھل چھانگر | (افراتفری) |
| تریش تموک | (رشوت) |
| ہیوٚ ربون | (زندگیہ ہنز غیر یقینیت) |
| اتھہٕ کھور | (کوشش) |
| نرِ زنگہٕ | (کوشش) |
| گھٹین چٹین | (عادت، طرز) |
| ووتھُن بیہُن | (عادت، طرز) |
| شُری مُری | (سأری) |
| تاپھ شُہُل | (غم خوشی) |
| شہرِ گام | (سأری ہے) |

### 4.2.2.4.3 ڈُہرآوی ناوِتی مِلی

اکوے ناوُت ہیکہِ دوِیہ لٹہِ ورتاوس منز یتھ۔ مثلاً:

گرِگرِ ، وِزِوِز ؛ گرِگرِ؛ دوہَے دوہَے ؛شُری شُری؛ کتھِ کتھ؛

پوٗنسہِ پوٗنسہِ۔ گامہِ گامہِ ؛ ملکہ ملکہ بیترِ

### 4.2.2.4.4 ناوِتی دوٗنی مِلی

کینژن ناوِتی مِلیٚن منز چھُ دوٚیِم ناوُت گوڈنکہِ ناوتیک بے معنی دوٗنی (آواز) آسان۔دوٗنی ناوتیٚن ہندیٚن گوڈنکیٚن مصمتن چھُ رواجہ رشتہِ۔دوٚیمہِ ناوتیک گوڈنیک مصمتہِ چھُ/و/آسان یا کُنہِ کُنہِ /پ/۔

/ن/ ><  /و/ یا/ن/><  /پ/ ناو واو یا ناو پاو

/چ/ >< /و/ یا /چ/ >< /پ/ چاے واے یا چاے پاے

/د/ >< /و/ دود وود

/گ/ >< /و/ یا /د/ >< /پ/ گگروگر یا گگرپگر

/و/ >< /پ/ وَتہِ پتہِ

### 4.2.3 بَدیاۓ (Determiners)

بَدیاۓ (Determiners) گوٚ وتیُتھ کانہہ لفظ یُس ناوتیک مخصوص آسُن ،عام آسُن ،یا اَ-بوٚد آسُن ہاوِتھ تتھ بدِ کڈِتہِ وُنراوِ۔ یم چھِ ناوتیٚن ہُند معنوی بیٚن (مقدار ،تعداد ،معیار ،وقوع ،حالت بیترِ نوٚن کڈنس منز اہم۔ انگریزی زبانہِ منز چھُ آرٹِکل (article) اکھ اہم بَدیاۓ ،تہِ زِ ن گوٚو a ,the/ an۔

کأشرس منز چھُ نہٕ وِیوٚ د آرٹکل۔ مگر اَویوٚ د آرٹکل چھُ کأشرِس منز بعضے ورتاونہٕ یوان، یعنی ''اکھ''۔ مثلاً:

یہِ اوس اکھ ژوٗراہ۔

اکھ رُت گوٗبُر گژھہِ نہٕ انہِ انہٕ گٹہ کھوژُن۔

اکھ ہاپُت اوس اکہِ دوہہ گاڑ ماران۔

یہِ اوس اکھاہ مکھاہ۔

کٔلِس أکِس منز اوس جِن اکھ روزان۔

عام پأٹھی چھُ وِیوٚ د آرٹکل (اکھ، اکھاہ، أکِس، أکی) دلیلن تہٕ داستانن منز ورتاونہٕ یوان۔ مگر کینژن صورژن منز ہیکہِ یہِ عام بولہِ منز تہٕ یتھ: مثلاً:

مےٚ پٔر اکھ کتاب، تتھ منز اوس لیکھتھ............

یہِ چھےٚ اکھ مثال۔

مگر انگریزی زبانہِ ہندِ اثرٕ کنی چھِ وونی لُکھ ''اکھ'' اکثر ناوتین بُتھِ لاگان۔ مِ:

مےٚ چیوٚ واکھ چایہِ پیالہٕ تہٕ دراس۔

(اکھ) کمرٕ گژھہِ دوہے صاف کرُن۔

أکِس شُرِس پزِ نہٕ یہِ فلم وُچھنی۔

البتہ چھِ کأشرس منز واریاہ لفظ تِم یِم لفظک مخصوص پےٚ دِوان چھِ۔ مثلاً:

ہاوَن پرناوتی یا شخصہ پرناوتی: یہِ، ہُہ، تہٕ، سُہ، سو، تِم

یہِ کأم چھےٚ مےٚ لایق۔ (یہِ)

سو گٔتھ کرٕکھ ژٕ۔ (سو)

تِم بأتھ چھِ وونی لُکن مشتھےٚ گمتی۔ (تِم)

ہُہ لڑکہ چھُ تور گوٚمُت۔ (ہُہ)

ژٕ زانہٕن نہ سُہ نفر۔ (سُہ)

تعداد:

ژور جوان پیٹھی جنگلس منز کھٔتِتھ۔ (ژور)

بہ ہیکہٕ نہ پیٹھ ڈوٗنی کھیٚتھ۔ (پیٹھ)

سأری پڑھی دراے پانس پانس۔ (سأری)

اَ-بدٕ پرناوِتی:

کیٚنہہ زنانہٕ چھیٚنہ پانس پیٹھ پَڑھ کران۔

مےٚ ہیٚتی کیٚنہہ پلوتہٕ دراس۔

جُملت: لفظہٕ ترتیب بدلاونہٕ ستی۔ مثلاً:

ژونٹھ کھیوٚ ومےٚ۔

دراگ وُچھ مےٚ۔

پلو دِتی تس مےٚ۔

تس دِتی پلو مےٚ۔

ذٔ ژناوتین چھنہٕ کانہہ بدیأے لگان۔ مثلاً:

مرد چھنہٕ پتھ برونٹھ وُچھان۔

لُکھ چھِ تھی آسان۔

أز چھنہٕ ژھیوٚٹ کھیوان۔

## 4.2.4 گرٛیند

کأشرِس منز چھےٚ گرٛیند دۆیمہ قسمہ: آنکونہٕ گرٛیند (cardinal numerals) تہٕ ؤنی گرٛیند (ordinal numerals)۔

4.2.4.1 آنکونہٕ گرٛیند: آنکونہٕ گرٛیند گیہ ییمہٕ ستیٚ چیزن ہُند تعداد آنکونہٕ ہیکہِ ہتھ۔

| اکھ | زٕ | ترٛے | ژور | پانژھ | شےٚ | سَتھ | أٹھ | نَو | ڈٕہ |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| کاہ | باہ | ترٛواہ | ژوداہ | ہنداہ | شُراہ | سداہ | ارداہ | کُنٛوُہ | وُہ |
| اکوُہ | زُتوُہ | ترٛوُہ | ژوُوُہ | پٕنٛژُہ | شِٹیٛوُہ | سَتوُہ | اَٹھوُہ | کُنترٛہ | ترٛہ |
| اَکترٛہ | دۆیترٛہ | تیٛیترٛہ | ژوٛیترٛہ | پانژترٛہ | شےٚترٛہ | سَترٛہ | اَرترٛہ | کُنٛتاجہہ | ژتجہہ |
| ہتھ | | | | | ...... | ...... | ...... | ...... | ییترٛ بیترِ |

اکہِ ہتہٕ پتہٕ ستن ہتن تام چھےٚ گرند بنان: اکھ+ ہَتھ

ہَتھ، زٕ ہَتھ، ترٛےٚ ہَتھ، ژور ہَتھ، پانژھ ہَتھ، شےٚ ہَتھ، سَتھ ہَتھ

ستہِ ہتہٕ پتہٕ چھُ ''ہَتھ'' بجایہ ''شَتھ'' ورتاونہٕ یوان: أٹھ شَتھ، نَو شَتھ ڈٕہ شَتھ (ساس)۔ ساسہ پتہٕ چھےٚ گرٛیند ییمہٕ آیہٕ

اکھ ساس تہٕ اکھ، اکھ ساس تہٕ زٕ، اکھ ساس تہٕ ترٛے..................

اکھ ساس اکھ اکھ ہَتھ تہٕ اکھ، اکھ ساس اکھ ہَتھ تہٕ زٕ ...... وُہ ساس، ترٛہ ساس، ژتجہہ ساس، پانژاہ ساس، شُراہ ساس.................. نمنمتھ ساس، لَچھ، اکھ لَچھ، زٕ لَچھ، ترٛےٚ لَچھ...... کرور (ہَتھ لَچھ) زٕ کرور، ترٛے کرور ، ......ارب، اکھ ارب، زٕ ارب، ترٛے ارب، کھرب......

وُنہِ تہِ چھِ کینٛہہ کأشری ڈٕہ پتہٕ ونان: زٕ ڈٕہ (وُہ)، ترٛےٚ ڈٕہ (ترٛہ)......

بعضے چھ أسی اتھوءِستی گنز راوںۂ ینۂ وألی چیز اکہِ کھوتہ زیاد یکوٹہ رلأ وِتھ

گنز راوان:

دُچ (زٕ)، ترٛچ (ترٛے)، ژاکھ (پانژھ)، پۄنز (پانژھ)

(شاید چھنہ امہِ پتۂ کانہہ سۄمبرنۂ گریٛند۔)

4.2.4.2 وٕنی گریٛند: وٕنی گریٛند چھےٚ آنکہ گریٛندِ ''-یُم'' (مذکر) ''-اِم'' (مونث) جورنۂ ءِستی بنان۔ وون گۄواکھ چھُ بنان گوڈنیک/گوڈنچ، تہٕ زٕ چھُ بنان دۄیُم/دۄیِم۔

| اکھ | أکیُم (گوڈنیک) | أکِم (گوڈنچ) |
|---|---|---|
| زٕ | دۄیُم | دۄیِم |
| ترٛے | ترٛییُم | ترٛیِم |
| ژور | ژوٗریُم | ژوٗرِم |

وٕنی گریٛند چھےٚ ناوِتس بُتھِ بَدیایہ کنہٕ تہِ لگان۔ یِمن سارنٕے چھُ کیس تہٕ جنسہٕ مطابق گردان سپدان۔ مثلاً:

| کیس | واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|---|
| | مذکر/مونث | | مذکر/مونث | |
| فاعلی کیس | أکُم | أکِم | ءِکِم | أکِم |
| کراوٕل | أکِمی | أکِمہ | أکِمیو | أکِمیو |
| مفعوٗلی | أکِمِس | ءِکِمِس | أکِمین | ءِکِمین |
| ملکیتی | أکِمیک | أکِمچ | أکِمین ہنز | |
| آیتی | أکِمی | أکِمہِ | أکِمیو | أکِمیو |

### 4.2.4.3 گنہٕ گرٛینٛد

گُنہِ چیزک مقدار ہاونہ باپت چھُ بنیأدی گرٛینٛدِ ضروری صوتیمی بدلاوٕ پتہٕ ''گنہٕ'' جورنہٕ یوان:

دوگنہٕ، تروگنہٕ، ژوگنہٕ، پانژگنہٕ، شُگنہٕ، ستہٕ گنہٕ، أٹھٕ گنہٕ، نوگنہٕ، داہ گنہٕ............بیترِ۔

### 4.2.4.4 کسر گرٛینٛد

گُنہِ چیز کہ مقدارُک، یا تعدادُک کانہہ حصہٕ ہاونہٕ باپت چھِ مقرر ناو۔

اۄڈ، دۄن، سواد، ڈوڈ، ڈاے، ساڈ ترٛے، ساڈ ژور، سواد ترٛے، سواد ژور، بیترِ۔

### 4.2.4 ناوٕتی ترکیب (Noun Phrase)

ناوُت چھنہٕ محض ناوے یوت، یہ چھُ پانس سٟتی جنس، تعداد تہٕ کیس ہیٚتھ یوان۔ تمہِ علاوٕ چھ ناوت پانس برونہہ تہٕ پانس پتہٕ تِتھی لگو تہٕ لفظ ہیٚتھ یوان یِم اتھ بدِ کڈان چھِ، یِم باقی جملس سٟتی رشتہٕ بناوان چھِ۔ لہٰذا چھُ جدید گرامرس منز ناوت بدلہٕ ناوٕتی ترکیب وننہ یوان۔ ناوٕتی ترکیب گۄو سُہ ساخت یتھ منز ناوُت یا پرناوُت مرکز چھُ تہٕ اَتھ سٟتی جورتھ سأری جُز روزن اَتھی ماتحت۔ سطحس پیٹھ اگر یہ ساد تہٕ باسہ، اَتھ چھِ زیرِ سطح پتھ برونہہ حوالہ سٟتی۔ کأشرس منز چھُ خاصکرتھ ناوٕتی ترکیب پیچیدٕ تکیازِ یہ چھےٚ ترکیبی (synthetic) زبان۔ اَمِکۍ

اکثر لفظ چھِ جملس منز یتھ صوتیمی - مارفیمی بدلاو ہاوان تہ آواز ن چھُ پانہ وُنی لیتھ سپدان۔ معنی تہ آواز چھَنہ کانہہ ٹاکار مطابقت تھاوان۔ مثلاً: ''سو'' تہ ''تمہ'' چھہٕ لفظ یمن ہُند حوالہ أکی ہے شخص کُن چھُ۔ پر یتھ اکھ چھُ پننہ جایہ وار یہن معنین لیتھ کُرتھ ناوِتی ترکیب۔

بعضے چھِ ناوِ تس بتھِ یا پتہٕ بیٚیہِ کینٛہہ لفظٕ آسان یم تمِکی بدأے بنان چھِ۔ مثلاً: سوکوٗر ۔سو کاژٕر کالج کوٗر ۔ تمِس کاژرِ کالج کورِ ...... بیترِ۔یم بدیأے لفظ چھِ پنٕنی پنٕنی لگی ہیٚتھ اکأے اِکأیی بناوان یعنی ناوِتی ترکیب (noun phrase) یا ژھوٚٹرِنہٕ پأٹھی: ن ت (NP)۔

بعضے چھُ اکھ پوٗر جملہ ناوِتی ترکیبہِ منز شروٗپراونہٕ یوان۔ مثلاً:

ہُہ جاناوار یُس ہُتھ کُلِس پیٹھ بِہتھ چھُ، کھیٚیہِ ژونٹھ۔

یہ جملہ چھُ دوٚن جملن ہُند مرکب۔

جاناوار کھیٚیہِ ژونٹھ۔

ہُہ جاناوار چھُ کُلِس پیٹھ بِہتھ۔

دوٚیم جُملہ چھ گوڈنکہ جملہ کس ناوِتی ترکیبس منز شرٕ پراونہ آمت۔

(تفصیلو باپت وچھِو: حوالہٕ ناوٕ ناونَے)۔

## 4.3 کراوِتی ترکیب

### 4.3.1 تعریف

کراوِتی ترکیب چھِ جُملہٕ کِس تتھ حصس ونان یتھ منز کراوٕت، ڈکھٕ کراوٕت، ہشرٕ نہٕ لگی، مفعولہ ناوِتی ترکیب شامِل آسہٕ۔ کراوِتی ترکیبس منز چھےٚ مرکزی اہمیت کراوِتس۔

روایتی گرامر منز چھ کراوت (فعل/verb) تیتھ کانہہ لفظ یُس کیٚنہہ کراوٕن، کیٚنہہ حرکت یا آسُن ہاوان آسہٕ۔ مثلاً:

اَس، لِس، کھےٚ، پَر، لیکھ، گِند ............ بیترِ (کرُن کراوٕن)

آس، چھُ، اوس، اَسی، آسن، آسکھ........... بیترِ (آسُن)

کراوِتس منز چھِ کیٚنہہ تِتھی لفظ تہٕ شامِل یِم نٕہ پأٹھی کیٚنہہ حرکت یا عمل ہاوان چھِنہٕ بلکہ کانہہ تِژھ کیفیت یوٚسہٕ عملہ ہُند باس دِوان چھےٚ۔ مثلاً: باس۔

### 4.3.2 ہشرٕ کھاو تہٕ ہشرٕ ہاو کراوِتی

کراوِتی چھِ وٕتھی پوٚٹھی پأٹھی دون صورژن ہندی:

#### 4.3.2.1 ہشرٕ کھاو کراوٕت: (nonfinite verb)

ہشرٕ کھاو کراوٕت گوٚو سُہ کراوٕت یُس نہٕ کراوِل/ فاعل تہٕ مفعولِ کِس بِنٛس سیٚتی کانہہ ہشر ہاوِ۔ تہٕ نہ ہاوِ زمانہٕ بیٚن۔ کأشرس منز چھُ ہشرٕ کھاو کراوٕت یِتھ پأٹھی بنان:

موٗلہٕ کراوٕت +/آ/+/ن/ مثلاً: کرَان، پران، وُچھان بیترِ

موٗلہٕ کراوٗت +/ِ-/اتھ/ مثلاً گرِتھ ،پرِتھ ،وُچھِ بیترٕ

موٗلہٕ کراوٗت +مُت یا ہِش کوٚرمُت ،پوٚرمُت ،وُچھمُت ،بیترِ
گٔرمِژ ،پٔرمِژ ،وُچھمِژ بیترٕ

موٗلہٕ کراوٗت +/ن/+/ِ-/ کرنہٕ ،پرنہٕ، وُچھنہٕ بیترِ

4.3.2.2 ہِشرٕ ہاو کراوٗت: (finite verb)

ہِشرٕ ہاو کراوٗت گوٚو سُہ کراوٗت یُس فاعل/کراول سندس شخص ،تعداد س، جنس ،تہٕ کیس ہٮ۪تۍ مطابقت تھٲوِتھ حرکژ ہُند کال ،پہلو، باوٕ آے، تہٕ انداز ہاوان آسہِ ۔(تفصیل برونہہ گُن )

## 4.3.3 کراوتی ترکیبکۍ جُز

### 4.3.3.1 کال (tense)

انسانس چھُ کال (time) کٮ۪ن ترٮ۪ن حصن ہُند تصور: (یٮ۪لہِ زَن اَتھ گُنہ تہِ کانہہ حد یا بنہٕ چھےٚ نہ۔) یعنی پَتھ کال ،از کال ،تہٕ یِنہٕ کال۔ پرٕ یتھ زبانہ ہندۍ کراوتی چھِ صوتی انہارٕ ہٮ۪تۍ یِہ کالہٕ بیٚن ہاوان۔ مگر یہ چھُنہٕ ضروری زِ کراوِتس گژھِ ترٮ۪شوے وٕے کالو مطابق بدلاو۔کٲشرِس منز چھُ کراوت صرف ماضی تہٕ مستقبل ہاوان۔مثلاً: ''پَرٕ'' چھُ موٗلہٕ کراوٗت۔ پَتھ کالہٕ باپت بنہِ اَتھ :

پوٚر، پوٚرم، پوٚرُتھ، پوٚروٕ، پوٚرُن، پوٚرُکھ،......بیترٕ۔

تہٕ یِنہٕ کالہٕ باپت بنہِ اَتھ:

پرٕ، پرو، پرَکھ، پٔرو، پرِ، پرَن......بیترٕ۔

مگراز کالہٕ باپت چھنہٕ اَتھ صوتیمی - مارفیمی بدلاویوان تہٕ اَتھ چھ ''+آن'' جوٗرتھ ڈَکھٕ کراوتیک ڈوکھ نیٚن پیوان۔ مثلاً:

بہٕ چھُس پران۔ أسی چھِ پران۔ ژٕ چھُکھ پران۔ تُہی چھِو پران۔

سُہ چھُ پران۔ سو چھےٚ پران۔ تِم چھِ پران۔ تِمہٕ چھےٚ پران۔

گرامرٕ اعتبارٕ چھِ کأشرِس منزٕ ے کال: پَتھ کال، تہٕ یِنہٕ کال۔ از کال چھُ هاوان ڈکھٕ کراوُت۔

عام کتھ باتھِ منز چھِ أسی بعضے اکھ کال بیٚیہِ کالہٕ باپت ورتاوان۔ مثلاً:

گوٚ وٕژ دراکھ! (مطلب: ژٕ ے چھےٚ نیرُن جلدٕ ے یِنہٕ کالس منز)۔

روایتی گرامرس منز چھےٚ تریشونی کالن مزید کالہٕ باگنے کرنہٕ یوان۔ یعنی:

i۔اَ-ویوٚدکال: یَتھ منزنہٕ کالُک ناویا حوالہٕ نوٚن آسہِ۔ مثلاً: مےٚ پوٚر۔ بہٕ پرٕ۔ ژٕ پرَکھ، مےٚ پوٚر۔ اسہِ پوٚر۔...... بیترٕ

ii۔ویوٚدکال: یعنی یِیلہِ کراوُت عملہِ ہُند پوٚرٕ گڑھُن هاوِ۔ مِ: پوٚرمُت، پرٕمژ، پرٕ ی ٕتی، بیترٕ۔

iii۔جأری کال: یعنی یِیلہِ کراوُت عملہِ ہُند جأری آسُن هاوان آسہِ۔ امہٕ باپت چھُ کراوتس +آن جوٗرُن پیٚوان تہٕ بتھِ چھُس موزون ڈَکھٕ کراوُت لگان۔ مثلاً: بہٕ اوسُس پران۔ ژٕ اوسُکھ پران۔ تِم أسی پران۔......بیترٕ

iv۔ویوٚدجأری پتھ کال :یعنی کُنہِ مخصوص وقتہٕ پیٹھٕ یا کُنہِ مخصوص وقتس تام عملہِ ہُند جأری آسُن۔ مثلاً: مےٚ ووت صُبحہ پیٹھٕ پران۔ مےٚ اوس صُبحہ پیٹھٕ پران گومُت یِیلہِ ژٕ سون آکھ۔

جدید گرامرس منز چھُنہٕ کالہٕ باگنیہٕ ہُند یہِ طریقہ تسلیم یوان کرنہٕ تِکیازِ یہِ چھُنہٕ
کراوتیک کانہہ انہار، بلکہِ چھُ جملہ کہ گلُہم ساختُک معاملہٕ۔

4.3.3.2 کیفیت (aspect) کراوُت چھُ عملہ ہُند مکمل سپد یومُت آسُن یا
جاری آسُن تہِ ہاوان۔ یمہِ باپت اَتھ گرامری بدلاو یوان چھُ۔ اَتھ چھِ کراوتچ
کیفیت ونان۔ کأشرس منز چھےٚ کراوتس ترٚے کیفیژ۔ یمو مطابق اَتھ صوتیمی بدلاو
یوان چھُ:

i۔ واقعہ کیفیت: یِیلہِ کراوُت عملہ یا واقعہٕک سپدُن ہاوِ۔ مثلاً

مےٚ پُرٕ یہِ کتاب۔

ژےٚ وُچھتھ فلم۔

سُہ آو یوری۔

ii۔ پوٗرمُت کیفیت: یِیلہِ کراوُت زمانہٕ کہِ حوالہٕ عملہِ یا واقعہ کہ مکمل آسنُک معنی
دِیہِ۔ اَتھ کیفیژ منز چھُ کراوتس ڈٕکھ کراوُت بُتھِ لگان۔ (وچھو ڈٕکھِ کراوُت)
تہٕ اَندری صوتیمی بدلاوِ پتہٕ چھِس فاعل کہ تعدادٕ جنسہٕ تہٕ شخصہٕ مطابق مُت، مٕتۍ،
مٕژ، مٕژٕ ......بیترِ لگی لگان۔ کالہ مطابق چھےٚ اَتھ ترٚے صورژ:

ازکال: مےٚ چھےٚ یہِ کتاب پُرمٕژ۔

پَتھ کال: مےٚ اُس یہِ کتاب پرمٕژ۔

یِنہٕ کال: مےٚ آسِہ یہِ کتاب پُرمٕژ۔

iii۔ جأری کیفیت: یِیلہِ بولنہٕ وِزِ کراوُت عملہ یا واقعہٕک جأری آسُن یا کانہہ
عادت یا صلاحیت، ہاوان آسِہ۔ اَتھ کیفیژ منز چھُ کراوتس ''+آن'' پوٚت

4.3.3.4 ہشرَن (concord/ agreement)

کأشرِس منز چھُ کراوٕت مختلف کیسن منزا کہِ طرفہ فاعل کہِ شخصہِ، جنسہٕ تہٕ تعدادٕ مطابق تہٕ بێیہِ پاسہ مفعول کہ شخصہٕ، جنسہٕ تہٕ تعدادٕ مطابق صورت بدلاوان۔

کراوٕت (کھیوم)



فاعل/کراول

( کیس، شخص، تعداد، جنس )

{ کراول، أکم، واحد، مذکر/ مونث }

مفعول

( تعداد، جنس )

{ مفعول، واحد، مذکر }

ہشرنہٕ بدلاوِکی صوتیمی - مارفیمی قاعدٕ چھِ کأشرِس منز نہایت پیچیدٕ۔ یِم چھِ مختلف کالن منز تہِ بیٚون بیٚون۔ یِم چھِ کراوتہِ چہِ اَٹرِی تہٕ ٹرِی ورگن ہندِ لِکھٕ تہِ وکھرٕ وکھرٕ۔

4.3.3.5 گتھ (voice)

گتھ چھُ کراوتیک سُہ انہار ییٚمہِ مطابق فاعل تہٕ مفعول پانہٕ وٕنی تتھٕ پأٹھی رشتہٕ بدلاوان چھُ زِ جُملہٕ کس کلِہم معنی لیس پێٹھ چھُنہٕ اثر پیٚوان۔ مثلاً:

بہٕ کرٕ نہٕ یہِ کأم۔

یہِ کأم یِیہٕ نہٕ میانہِ ذٕسی کرنہٕ۔

گوڈنکس جُملَس منز چھُ کراول (agent subject) ''بہٕ'' تہٕ یوٚہے چھُ گرامری کراوَل تہِ۔ ''کأم'' چھےٚ مفعول۔ مگر دوٚیمس جُملس منز چھُ چھُ مفعول بنان گرامری فاعل تہٕ معنوی کراول ''بہٕ'' چھُ صوتیمی بدلاوٕ پتہٕ ''میانہِ'' بنتھ

مفعولچ جاے رٹان۔ اَتھ چھُ آیتِ کیسہ لۆگ /ـِ/ لگان تہٕ بێیہ چھُس ''ڈٕسی'' یا ''ٕستی'' لفظ جورنہٕ یوان۔ بیا کھ اہم بدلاو چھُ موٗلہٕ کراوِتس یوان۔ ہِشرٕ ہاو کراوٗت (finite verb) چھُ ہِشرٕ کھاو کراوٗت (infinitive) بنان تہٕ اندس چھُس +/ن/+/ـٕ/ = ''نہٕ'' لۆگ لگان۔ مثلاً: کرنہٕ ، پرنہٕ ، أنزراونہٕ ، ژٔٹنہٕ ، واٹنہٕ...... بیترِ۔

گوڈنچہِ صورژ منز چھُ کرن وول فاعل (= کراول) کأشرس جُملہٕ ترتیبس منز معمول چہ جایہ تہٕ اَتھ کتھِ وَنوسکریٚے گَتھ (active voice)۔ دۆیمہِ صورژ یتھ منز چھُ مفعول (عملہِ ہُند اثر رٹن وول ناوٗت) جُملہ ترتیبس منز فاعلچ جاے رٹان چھُ تتھ وَنو نێشکریٚے گَتھ (passive voice)۔

بیا کھ مثال:

پُلسن کۆر شُر ماجہِ حوالہٕ۔

شُر آو پُلسہٕ ڈٕسی ماجہِ حوالہ کرنہٕ۔

بعضے چھُ کراول تراونہٕ یوان، خاصکرِتھ یِیلہِ کراول ویۆ دآسہِ۔

لُکھ چھِ وَنان = وننہٕ چھُ یوان زِ..........

تَمو وُ چھ...... = وُچھنہٕ آو

اسہِ أنزرأو نہٕ کأم = کأم آے نہٕ أنزراونہٕ۔

| گوڈنیک شخص | | دۆیم شخص | | تریٚیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|
| واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| اۆسُم | اۆس | اۆسُتھ | اۆسوٕ | اۆسُن | اۆسُکھ |

مستقبل کالس منز گژھیٚس بدلاو یِتھ پأٹھی:

| گوڈنیک شخص | | دۆیم شخص | | تریٚیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|
| واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| اسہٕ | اَسو | اسَکھ | أسِوٕ | اسہٕ | اَسَن |

ماضی تہٕ مستقبل کالن منز اَتری کراوتیٚن ہندِ صوتیمی - مارفیمی بدلاوٕ کی قاعدٕ چھِ کأشرِس منز واریاہ دلچسپ تہٕ پیچیدٕ یمن ہُند تفصیل الگ پأٹھی سپدِتھ ہیکہٕ۔ پیٚتیٚن روزٕ بہتری وُنی زِ کأشرِس منز چھِ یم بدلاو بے قاعدٕ۔

اکثر اَتٔری کراوتیٚن ہندِ بدلاوٕ کی کیٚنہہ سرسری قأعدٕ چھِ یم:

ماضی

| | گوڈنیک شخص | | دۆیم شخص | | تریٚیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| مذکر | +-س | +آے | +ووکھ | +یوٕ | -ٚو | +ٔے |
| مونث | +ٔیس | ٔیہٕ | +یکھ | +یوٕ | +ے | +یہٕ |
| مثالہ | گوس | گٔے | گوکھ | گٔیوٕ | گۆو | گٔے |
| | گٔیس | گٔیہٕ | گٔیکھ | گٔیوٕ | گٔے | گٔیہٕ |

مگر واریاہ اَتٔری کراوتی چھِ تِم یم نہٕ امہِ قأعدٕ مطابق بدلان چھِ۔ مثلاً:

ژَل

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| | ژٕولُس | ژٕلی | ژٕولُکھ | ژٕلیٖو | ژٕول | ژٕلی |
| | ژٕجس | ژَجہِ | ژٕجکھ | ژٕجِو | ژٕج | ژٕجہِ |
| دَز | دٕژس | دٕدی | دٕودُکھ | دٕدیٖو | دٕود | دٕدی |
| | دٕزٕس | دٕزٕ | دٕزٕکھ | دٕزٕو | دٕز | دٕزٕ |
| ترٕہر | ترٕہریوس | ترٕہریٚے | ترٕہریوکھ | ترٕہریٖو | ترٕہریوٚو | ترٕہریٚے |
| | ترٕہرییس | ترٕہریٚے | ترٕہرییکھ | ترٕہریٖو | ترٕہریٚے | ترٕہریٚیہ |

مستقبل

مستقبل کالس منز چھُ یہ بدلاوہناہ قأعدٕ بند۔

| | گوڈنیُک شخص | | دۆیُم شخص | | ترٕیُم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| مذکر | +ٕ | +َ و | +َ کھ | +ِ و | +ِ | +َ ن |
| مونث | +ٔ لیس | ٔ یہِ | + یگھ | + یٖو | + ے | + یہِ |
| مثالہ | کھوژٕ | کھوژَو | کھوژَکھ | کھوٗژِو | کھوژِ | کھوژَن |
| | کھوژٕ | کھوژَو | کھوژَکھ | کھوٗژِو | کھوژِ | کھوژَن |

کأشُر مادری زبان تھاون وول چھُ پانَے ہیٚچھان زِ بے قاعدٕ اَتری کراوثین کتھٕ پأٹھی گژھِ بدلاو۔ مثلاً: دراس/ درالیس، درا ے/ درایہِ، دراکھ/ درایگھ، درایٖو، دراو/ درایہِ، درا ے صورژن چھُی نہ کانہہ موٗلہٕ کراوٗت یا چھےٚ یمہٕ صورژٕ "نیر" کراوتہِ منزٕ نیران۔ مستقبل کالس منز بنیٚس :نیرٕ، نیرو، نیرکھ......

کأشرِس منز چھِ ڈَکھ کراوِتی تہٕ یِم آسَن کراوِتی چھِ ۔ (وچھو آسن کراوِتی ۔)

حال

| گوڈنیک شخص | | | | دوٚیم شخص | | | | ترییٚم شخص | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| واحد | | جمع | | واحد | | جمع | | واحد | | جمع | |
| مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| چھُس | چھس | چھِ | چھےٚ | چھُکھ | چھکھ | چھو | چھوِ | چھُ | چھےٚ | چھِ | چھےٚ |

ماضی

| گوڈنیک شخص | | | | دوٚیم شخص | | | | ترییٚم شخص | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| واحد | | جمع | | واحد | | جمع | | واحد | | جمع | |
| مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| اوسُس | أسِس | أسی | آسہ | اوسُکھ | أسِکھ | أسیوِ | آسو | اوس | أس | أسی | آسہ |

مستقبل

| گوڈنیک شخص | | | | دوٚیم شخص | | | | ترییٚم شخص | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| واحد | | جمع | | واحد | | جمع | | واحد | | جمع | |
| مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| آسن | آسن | آسِہ | آسِہ | أسِو | أسو | آسکھ | آسکھ | آسو | آسو | آسہ | آسہ |

یِمَو ڈکھ کراوتیو علاوٕ چھ کأشرِس منز بیا کھڈ کھ کراوُت ''ہیکُھ''۔ ییٚلہِ یہِ ورتاوون، موٗلہٕ کراوِتس چھُ +/ـِ/+/تھ/ پوٚتُس جورنہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ بنان ہِشرٕ کھاوکراوت (infinitive)۔ مثلاً:

بہٕ ہیکہٕ تہُند گُرٕ ہِتھ۔

ژٕ ہیکَکھ یہِ ژونٹھ کھیتھ۔

تِم ہیکن سُلی نیرِتھ۔ بیترِ

"هیکلھ" ڈٕکھ کراوتس چھُ باقی ڈٕکھ کراوتین هندی پأٹھی ماضی تہٕ مستقبل کالن منز فاعل کہ جنسہٕ تعداد تہٕ شخصہٕ مطابق بدلاوسپدان۔ مگر حال کالس منز چھنہٕ یہ ممکن۔

ماضی

| گوڈنیک شخص | | | | دوٚیم شخص | | | | تریٚیم شخص | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| واحد | | جمع | | واحد | | جمع | | واحد | | جمع | |
| مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر |
| هیٚچہِ | هیٚکیٚ | هیٚچ | هیوٚک | هیٚکو | هیٚکِو | هیٚچھ | هیوٚکٕھ | هیٚچہِ | هیٚکیٚ | هیٚچِس | هیوٚکُس |

مستقبل

| گوڈنیک شخص | | | | دوٚیم شخص | | | | تریٚیم شخص | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| واحد | | جمع | | واحد | | جمع | | واحد | | جمع | |
| مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر | مونث | مذکر |
| هیکن | هیکن | هیکہِ | هیکہِ | هیکو | هیکِو | هیکلھ | هیکلھ | هیکو | هیکہ | هیکو | هیکہٕ |

{هیکلھ چھُ موٗلہٕ کراوٗت تہِ۔ مثلاً: بہٕ چھُس نہ هیکان یہ بیگ۔}

کأشرِس منز چھِ کینہہ اَتھری کراوِتی یم بعضے ڈٕکھ کراوتہٕ رٔنگی ورتاونہٕ یوان چھِ۔

یم چھِ:

گژھ

بہٕ گوس لیٚکھتھ۔ سُہ گوٚ ووٚنتھ۔ تِم گئے ژٕلِتھ۔ ژٕ گژھکھ کٔرِتھ۔ بیتر

نیر

بہٕ دراس کھۄژِتھ۔ سو درایہِ روٗشِتھ۔ سُہ دراو ناداں۔

یتھین ڈٕکھ کراوتین تہِ چھُ اصل ڈٕکھ کراوتین هندی پأٹھی کالہٕ، شخصہ، جنسہٕ تہٕ تعدادِ مطابق بدلاوسپدان۔

واحد، مذکر/مونث :+/ؘ/+/کھ/

جمع،، مذکر/مونث :+/ؗ/+/ِ/-/+/و/

| کراوٗت | فاعل | | | |
| --- | --- | --- | --- | --- |
| | واحد | | جمع | |
| | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| اَن | انگھ | اَنگھ | أنِو | أنِو |
| پَر | پرَکھ | پرَکھ | پٲرِو | پٲرِو |
| زال | زالگھ | زالگھ | زأیلو | زأیلو |
| کھیاو | کھیاوَکھ | کھیاوَکھ | کھیأوِو | کھیأوِو |

ٹرٛی کراوِتی چھِ دون قسمن ہندی۔ٹرٛی کراوتیٖن ہندی زٕقسم چھِ:

## 4.3.4.5.1 اُکی مفعولی ٹرٛی کراوتی

اُکی مفعولی ٹرٛی کراوٗت گوٚو یتھ اکوے مفعول آسہِ۔ مثلاً:

ہوٗنی وُچھ برور۔

واوَن پھٹراوِ زٕ دأرِ۔

مےٚ دوٚپمس مےٚ چھُنہٕ کانہہ بامبر۔ (= مےٚ دوٚپمس یہِ۔)

## 4.3.4.5.2 دُکی مفعولی ٹرٛی کراوتی

دُکی مفعولی ٹرٛی کراوٗت گوٚو سُہ کراوٗت یتھ پتہٕ زٕ مفعول ہِن۔اکھ مفعول چھُ سیٚود مفعول یعنی یتھ پیٹھ عملہ ہُند اثر سیٚدِ سیٚود پیٚوان آسہِ۔ بیاکھ مفعول چھُ ورگہ مفعول یعنی یُس عملہ رٹن وول آسہِ۔مثلاً:

ماجہِ بوزنأو شُرِس دلیل۔/ ماجہ بوزنأو دلیل شُرِس۔

اَتھ جُملس منز چھُ ''بوزناؤ'' دُکی مفعولی کراوُت۔ ''دلیل'' چھُ سیوٚد مفعول تہٕ ''شُر'' چھُ ورگہٕ مفعول۔ دوٚن مفعولن ہندِ پتَھ برونہہ ییٚنگ دار مدار چھُ زِ زور گتھ اَکس پیٹھ چھُ۔

### 4.3.4.6 محاورٕ کراوٕتی

کأشرس منز چھ کینٛہہ ترٛی تہٕ اَترٛی کراوٕتی یِم پننِہ لغوی معنی نیبر محاورٕ پأٹھۍ مختلف معنی تھوان چھِ۔ لگ، لاگ، ہیٚ، ٹُل، نِہ، دِ، کر، ووتھ، وات بیترِ چھِ محاورٕ کراوٕتی بنٛتھ ہیٚکان۔ امہِ قسمہٕ کِس کراوٕتی ترکیبس ہیکن یِم ترتیب اَستھ:

ن ت + ک ت + ن ت (مثلاً: مےٚ لوٚگ اَتھس۔)

ن ت + ک ت + کالہٕ کھاو ک ت (مثلاً: سُہ لوٚگ نژنہِ۔)

یتھین سارنے محاورٕ کراوتین چھُ پتَھ کالس منز مفعول کہ تعدادٕ تہٕ جنسہٕ کنٛی بدلاویوان۔ مگر ییٚنہٕ کالس منز چھُکھ معمولہ مطابق صرف فاعل کہِ کیسہٕ تہٕ تعدادٕ کنٛی۔

| کراوُت | مفعول | | | |
|---|---|---|---|---|
| | واحد | | جمع | |
| | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| ہیٚ | ہیوٚت | ہیٔژ | ہیٚتۍ | ہیٔژٕ |
| کر | کوٚر | کٔر | کٔرۍ | کرِ |
| لگ | لوٚگ | لٔج | لگۍ | لجہٕ |
| ٹُل | ٹُل | ٹُج | ٹُلۍ | ٹُجہٕ |

| لاگ | لوگ | لٲج | لٲگ | لاجہِ |
|---|---|---|---|---|
| وات | ووت | وٲژ | وٲتی | واژِ |
| دِ | دیُت | دِژ | دِتی | دِژِ |
| ووتھ | وۄتھ | ؤژھ | ؤتھ | ووژھِ |

محاورٕ کراوتھِن ہُند معنیات چھُ نہایت دلچسپ موضوع یٚمیُک تفصیل یَتھ گرامرس منز دیُن ممکن چھُنہٕ۔ مثالہِ پأٹھۍ ہموأسۍ اکوے کراوُت۔

گرٕژھ

موٗلہٕ معنی =: اکہِ جالیہِ پیٹھٕ بٮ۪یس جایہِ گُن نیرُن۔

محاورٕ معنی:

یرٕژھُن: مےٚ گرٕژھِ آنچار۔ یہ گۄ ژھُس بادشاہ آسُن۔

بٔبُن: سوٗ گیہِ بالغ۔ سُہ گۄ وپاگل۔

محسوس سپدُن: مےٚ گۄ وبرونتھ۔ تِمن گیہِ پشیمأنی۔

قیاس: پگاہ گرٕژھِ ہڑتال آسُن۔

محروم سپدُن: مانتہٕ از گوکھ کامہِ رۄس۔

واقعہ سپدُن: تتہِ گۄ وواریاہ کریکہ ناد۔

ملکیت یا رشتہٕ: یہ شُر گُہند گۄ و۔

آسُن: ژٕ گوکھ بوڈ ووستہٕ۔

تبدیل سپدُن: تس گیہِ أچھ ووزجہِ۔

زمانہٕ: تنہٕ گۄ وواراہ کال۔

مناسب آسُن: چون تور گوژھُن گوژھنہٕ جان۔ بیترٕ

### 4.3.4.7 وجوٗہی کراوِتی (causative verbs)

گاسہٕ دۄد۔

ژٔے زوٗلتھ گاسہٕ۔

یم زٕ جُملہٕ چھِ اکھأ ٕکس سٟتی رشتہ تھوان۔ دۄیمہ جُملُک ''زوٗلتھ'' کراوٕت ہیکون گوڈنکہ جُملکہِ ''دۄد'' کراوتیک وجوٗہی صورت مانٕنتھ تِکیازِ گاسہٕ کہ دزنُک وجہ چھُ ''ژٔ''۔ کاشرِس منز چھےٚ وجوٗہی کراوتین تہٕ غیر وجوٗہی کراوتٟن درمیان ژٔ فرق۔ کینٛہہ کراوِتی چھِ یمن وجوٗہی صورتس منز بیۄن صوتیمی ہیت چھےٚ:

مثلاً: دز > زال ؛ ووتھ > تُل ؛ وَس > وال بیترِ

اکثر ژری تہٕ اٹری کراوتٟن چھ گوڈنیک وجہ، دۄیم وجہ تہٕ ترٛیم وجہ ہاونہٕ باپت لگان۔

گوڈنیک وجہ :+/آ/+/و/

دۄیم وجہ :/آ/+/و/+/ٕ/-/+/ن/+/آ/+/و/

ترٛیم وجہ :/آ/+/و/+/ٕ/-/+/ن/+/آ/+/و/+/ن/+/آ/+/و/

| کراوٕت | گوڈنیک وجہ | دۄیم وجہ | ترٛیم وجہ |
|---|---|---|---|
| دِ | دیاو | دیاوٕ ناو | دیاوٕ ناوٕ ناو |
| نہِ | نیاو | نیاوٕ ناو | نیاوٕ ناوٕ ناو |
| کھےٚ | کھیاو | کھاوٕ ناو | کھیاوٕ ناوٕ ناو |
| چےٚ | چیاو | چیاوٕ ناوٕ | چیاوٕ ناوٕ ناو |
| دُچھ | ہاو | ہاوٕ ناو | ہاوٕ ناوٕ ناو |
| مُور | مٕوراو | مُوراوٕ ناو | مُوراوٕ ناوٕ ناو |

یِمن کراوتِین چھٕنہٕ گوڈنیک وجہ ہاوٕنہٕ باپت +/آ/+/و/ لۆگ لگان تکیازِ وجہ چھُ دۆیم شخص یُس ٹاکارٕ چھُ۔

| کراوٗت | دۆیم وجہ | ترٛیم وجہ |
|---|---|---|
| زال | زاٖلناو | زالہٕ ناوٕ ناو |
| وَن | وٕنناو | وٕنناوٕ ناو |
| بوز | بوزٕ ناو | بوزٕ ناوٕ ناو |
| تار | تارٕ ناو | تارٕ ناوٕ ناو |
| وَل | وٕلناو | وٕلناوٕ ناو |
| کر | کرٕ ناو | کرٕ ناوٕ ناو |
| مار | مارٕ ناو | مارٕ ناوٕ ناو |
| نژ | نژٕ ناو | نژٕ ناوٕ ناو |
| رَٹھ | رٕٹناو | رٕٹناوٕ ناو |
| مۆڑ راو | مۆڑ راوٕ ناو | مۆڑ راوٕ ناوٕ ناو |
| ہیچھ | ہیچھناو | ہیچھناوٕ ناو |

سارٕنٕے وجہی کراوتِین چھِ اکہِ پاسہٕ مفعول کہِ شخصہٕ، تعدادٕ تہٕ جنسہٕ مطابق ہشر نہٕ لگی لگانٕ تہٕ بیٚیہ پاسہ کراول کہِ شخصہٕ تہٕ تعدادٕ مطابق۔ مثلاً:

تمۍ ہیچھنوٗس بہٕ پرُن۔

مےٚ پرناٗوتس اتھِ چِٹھی۔

ژٕ ہیچھناوٕ ناٗوتھن سونژُن۔

کأشرِس منز چھِ یم کراوٕتی لگی رٕٹِتھ پوٗرٕ جُملہِ کأم دِوان۔ مِ:




کأشرس منز چھُ مارفیمن تیوتاہ پیچیدٕ لیُتھ گژھان زِ مارف اکہِ اکہِ صوتیمی شکلہ منز بدِ کڈٕنی چھُنہٕ سہل۔

# 4.4 باوُت (adjective)

## 4.4.1 تعریف

باوُت گۆ وتیُتھ کانہہ لفظ یُس ناوتیک کانہہ صفت، انہار، یا کانہہ خاصیت باوِ۔ مثلاً: رُت، بد، خوبصورت، اۆر، دۆر، سیوٚد، ہوٚل، وارِیاہ،...... بیترِ

کأشرِس جُملس منز چھُ باوُت یاتہٕ ناوتس بُتھِ یوان۔ م:

لیوٚ دُر گلاب چھُ پھوٚلمُت۔

نتہٕ کراوتِ پتہٕ سارکتھِ منز۔ م:

گُلاب چھُ لیوٚ دُر۔

باوتس ہیکہ بُتھِ کانہہ مقدأری لفظ تہٕ ستی أستھ۔ مثلاً: وارِیاہ زیوٚٹھ ؛ کمے کأم؛ سارِوے کھوتہٕ جان ...... بیترِ۔

بعضے ہیکن اکہِ کھوتہٕ زیادٕ باوِتی أکی سے ناوتس بُتھِ لگِتھ۔ م:

سأنِس باغس منز چھُ وارِیاہ بوٚڈ، تازٕ، لیوٚ دُر، ہُند بون گُلاب پھوٚلمُت۔

باوتین ہُند تگہِ ترتیب چھُ معنوی قاعدٕ مطابق بنان۔

باوتس تہٕ باوتس ستی جوٚرِتھ مقدأری یا معیأری لفظ چھِ باوِتی ترکیب بناوان۔ م:

وارِیاہ ضروٗری کأم ؛ سیٹھاہ کم فصل؛ نہایت اہم گتھ۔

کیٚنہہ باوِتی چھِ اصل باوِتی یم نہٕ بیٚیہ کُنہِ لفظہٕ منزٕ دراٖمتی آسن۔ م: رُت، بد، نیک، تھوٚد، ژھوٚٹ، ووزُل، نیوٗل، لیوٚ دُر، کھوٚٹ، بوٚد، لوٗکٹ، پوٚپ، خام، وُشُن، توٚت، سرد، ہوٚندر...... بیترِ۔ یِمو اصل باوتیو علاوٕ چھِ وارِیاہ تم باوِتی یم باقی لفظو منزٕ نیران چھِ۔ م: آسمأنی، طاقتوٗر، صحتمند...... بیترِ

## 4.4.2 باوِتی بناوِنی

### 4.4.2.1 ناوتیو پیٹھ باوِتی :

کأشرِس منز چھِ امہِ قسمکی اکثر باوتی فارسی لفظو پیٹھ بنان۔

i۔ ناوُت + /ی/

| ناوُت | باوُت | ناوُت | باوُت |
|---|---|---|---|
| خیال | خیأ لی | وصول | وصولی |
| سرکار | سرکأری | اخبار | اخبأری |
| انتظام | انتظامی | ریاست | ریاستی |
| آسمان | آسمأنی | زمین | زمینی |
| آب | أبی | بیان | بیأنی |

ii۔ ناوُت + ہوٚت

| | | | |
|---|---|---|---|
| بوچھِ | بوچھِ ہوٚت | تریش | تریشہِ ہوٚت |
| لار | لارِ ہوٚت | ژکھ | ژکھِ ہوٚت |

iii۔ ناوُت + وَر

| | | | |
|---|---|---|---|
| طاقت | طاقتور | بخت | بختاور |
| جُرت | جُرتور | زور | زوراوَر |

iv۔ ناوُت + مند

| | | | |
|---|---|---|---|
| صحت | صحتمند | عقل | عقلمند |

v۔ ناوُت + گار

| | | | |
|---|---|---|---|
| گُناہ | گُناہ گار | مدد | مددگار |

vi- ناوُت + ناک

حیرت حیرتناک خطر خطرناک
شرم شرم ناک درد دردناک

vii- ناوُت + دار

رنگ رنگدار مزٕ مزٕدار
خبر خبردار مشک مشکدار
علم علمدار کسب کسب دار
شرم شرمدار حیا حیادار

viii- ناوُت + باز

دوکھ دوکھٕ باز چال چالباز

ix- ناوت + ین

شوق شوقین رنگ رنگین

x- ناوُت + نہٕ

یار یارانہٕ مرد مردانہٕ

xi- بے + ناوُت

کار بیکار شرم بیشرم
حیا بے حیا قاعدٕ بے قاعدٕ

xii- بد + ناوُت

تمیز بدتمیز کار بدکار
مزٕ بدمزٕ شہمت بدشہمت

xiii۔ نا + ناوٗت

نامرد ناتوان ناقابل نااہل

### 4.4.2.2 کراوتیوٗ پیٹھ باوِتی :

کراوتس ییٚلہِ ازکالس تہٕ پتھ کالس منز متعلقہ ناوتِکہِ تعدادِ تہٕ جنسہٕ مطابق +[ؤن] پۄت لوٚگ جورنہٕ یِوان چھُ، یہِ چھُ باوٗت بنان۔ یِتھی باوِتی چھِ ناوتیچ جاری کیفیت ہاوان:

پوش چھِ پھولان ۔ < پھوٕلوٗنی پوش......

دوہ چھِ ژلان۔ < ژلوٗنی دوہ......

شُری أسی دوران۔ < دورٕوٗنی شُری أسی......

+[ؤن] پۄت لوٚگ چھُ متعلقہ ناوتِہ کِس تعدادس تہٕ جنسس سیتی ہشرن ہاوان۔ یِتھین کراوتین چھُ باوٗت بننہ باپت اندرِی صوتیمی بدلاو یِوان تہٕ بیٚیہ چھکھ آسیتی مارفیم (ablative) [ٕ] لگان۔

+[ؤن] پۄت لکیٚک مارفیمی بدلاو ہیکو یِتھٕ پأٹھی ہأوِتھ:

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| +ؤن | +ؤنِی | +ؤنیٖ | +ؤنیہِ |

ییٚلہِ کراوٗت پۄرمُت کیفیژ [مُت] منز آسہِ اَتھ چھُ أندرِی صوتیمی - مارفیمی بدلاوٕ پتہٕ متعلقہ ناوتِکہِ تعدادِ تہٕ جنسہٕ مطابق +[مُت] پۄت لوٚگ جورنہٕ یِوان۔ مثلاً:

پوش أسی پھوٚلی متی ۔ < پھوٚلی متی پوش......

زنٛانہ أس لوٚسمژ ۔ < لوٚسمژ زنٛانہ......

دوہ اوس ڈ ٗولمت۔< ڈٗولمُت دوہ......

[مُت] پوٚت لکئیک مارفیمی بدلاوہیکو یتھِ پأٹھی ہأوِتھ:

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| +مُت | +ءمژ | +ءمتی | +ءمژِ |

4.4.2.3 لگہٕ باشَو پیٹھ باوِتی: (وچھو 2.4)

سارِوٕ ےلگہٕ باشَو پیٹھٕ ہیکو باوِتی بنأوِتھ۔ م: أزیُک، کالُک، تیلیک، یتیک، تتیک، اَپأریُم، یپأریُم، ہیٚریُم، بوٚنیُم، پیٹھُم، تلُم بیترِ۔ یتھیٖن بنأوی ءمتیٖن باوتیٖن چھُ ہشر نہٕ قأعدٕ مطابق گردان سپدان۔ مِ: اَپأریُم

| کیس | واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|---|
| | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| فاعلی | اَپأریُم | اَپأرِم | اَپأرِمی | اَپأرِمی |
| کراوَل | اَپأرِمی | اَپأرِمہٕ | اَپأرِمیٚو | اَپأرِمیٚو |
| مفعولی | اَپأرِمِس | اَپأرِمہٕ | اَپأرِمیٖن | اَپأرِمیٖن |
| آتی | اَپأرِمہٕ | اَپأرِمہٕ | اَپأرِمیٚو | اَپأرِمیٚو |
| مِلکیتی | اَپأرِمیُک/ اَپأرِمی سُند | اَپأرِمیُک/ اَپأرِمہٕ ہُند | اَپأرِمیٖن ہُند | اَپأرِمیٖن ہُند |

## 4.4.3 صوتیمی - مارفیمی بدلاو

سأری اصل کأشرِ باؤتی چھِ پنٕنہِ متعلقہ ناوتٕین ہندِ تعدادٕ تہٕ جنسہ مطابق لگٕی رٹان تہٕ یمن چھُ کیسہٕ مطابق گردان سپدان۔ مثلاً ''رُت'' باوتس گژھِ یتھٕ پأٹھی گردان:

| کیس | واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|---|
| | مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| فاعلی | رُت | رٕژ | رٕتی | رٕژٕ |
| کراوٕل | رٕتی | رٕژِ | رٕتیٚو | رٕژٕو |
| مفعولی | رٕتِس | رٕژِ | رٕتٕین | رٕژن |
| آیتی | رٕتہِ | رٕژِ | رٕتیٚو | رٕژَو |
| مِلکیتی | رٕتیُک/رٕتی سُند | رٕژِہُند | رٕتٕین ہُند | رٕژن ہُند |

واحد < جمع تہٕ مذکر < مونث بدلاوٕ کِی چھِ کیٚنہہ صوتیمی اصول۔ کیٚنہہ صوتیمی وِیدی اصول چھِ:

i۔

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| /ۆ/+/ل/ < | /ٕ/+/ج/ | /ٕ/+/ی/ | /ٕ/+/ِ/ |
| ہوٚل | ہٕج | ہٕلی | ہٕجہِ |

ii۔

| واحد مذکر | واحد مونث | جمع مذکر | جمع مونث |
| --- | --- | --- | --- |
| /ۆ/+/د/ < | /ٔے/+/ز/ | /ٔے/+/ی/ | /ے/+/ٕ/ |
| تھۆد | تھٔز | تھٔدی | تھٕز |

iii۔

| واحد مذکر | واحد مونث | جمع مذکر | جمع مونث |
| --- | --- | --- | --- |
| /ے/+/ت/ < | /ٕ/+/ژ/ | /ٕ/+/ی/ | /ٕ/+/ٕ/ |
| رُت | رٕژ | رٕتی | رٕژٕ |

iv۔

| واحد مذکر | واحد مونث | جمع مذکر | جمع مونث |
| --- | --- | --- | --- |
| /ۆ/+/ڈ/ | /ٔے/+/ڈ/ | /ٔے/+/ی/ | /ے/+/ِ/ |
| بۆڈ | بٔڈ | بٔڈی | بجِہ |

v۔

| واحد مذکر | واحد مونث | جمع مذکر | جمع مونث |
| --- | --- | --- | --- |
| /ے/+/ل/ | /ٕ/+/ج/ | /ٕ/+/ی/ | /ٕ/+/ِ/ |
| گاٹُل | گاٹٕج | گاٹٕلی | گاٹجِہ |

vi-

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| /ے/+/ن/ | /-/+/نیٖ/ | /-/+/ی/ | /یہٖ/+/-/ |
| کرٕہُن | کرٕہنیٖ | کرٕہنی | کرینٛہنہٕ |

vii-

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| /ۆ/+/ے/ | /-/+/ۓ/ | /ۓ/+/ی/ | /ۓ/+/-/ |
| موٚدُر | مٔدٕر | مٔدٕری | مٔدرِ |

فارسی پیٹھٕ آمتیٖن باوتیٖن چھنہٕ تعدادتہٕ جنسہٕ مطابق بدلاوسپدان: مثلاً:
سفید، سیاہ، زرد، نیک، بد، ناکارٕ، ذہیٖن، طویل، مختصر، لطیف، اصل، کمینہ، بدمعاش، بدتمیز، ناپاک ............ بیترِ
اگر ناوِتس اکہِ کھوتہٕ زیادٕ باوٕتی بُتھِ آسن، تِمن سارنٕے چھِ کیسہٕ مطابق لگو لگان۔ مثلاً:

تِمن پرانیٖن رٕتیٖن دوہن ہنز گتھ گری تو۔

تٔمی سنز رٕژِ بُجہِ ماجہِ دیُت مےٚ بتہٕ۔

چانیٖن یِمن مٔدرٕیٖن کتھن تَل یمہٕ نہٕ بہٕ۔

## 4.4.4 تقابل

چونکہِ باوٕتی چھِ مقدارتہٕ معیارتہٕ ہاوان، امہِ باپت چھُ یمن مقابل تہٕ ممکن ،یعنی دون ناوتٕین درمیان تہٕ دوٚیہٕ کھوتہٕ زیادٕ ناوتٕین درمیان۔ تقابلہٕ باپت چھُنہٕ کأشرٕین باوتٕین صوتیمی یامارفیمی بدلاوسپدان بلکہِ چھُکھ جملس منز [ کھوتہٕ] تہٕ [ساروٕے کھوتہٕ] لفظ بُتھ یوان۔ م:

پھرٕس چھُ ورِ کھوتہٕ زیوٗٹھ۔

بوٗنۍ چھےٚ ساروٕے گُلیٚو کھوتہٕ بڈٕ۔

فارسی تہٕ عربی پیٹھٕ آمتٕین باوتٕین چھُ تقابل ہاونہٕ باپت [ تر] تہٕ [ترین] پوٚتُس لگان۔ م:

| | | | |
|---|---|---|---|
| بدتر | بدترین | طویل تر | طویل ترین |
| عظیم تر | عظیم ترین | خطرناک تر | خطرناک ترین |

## 4.5 لگہٕ بأش (adverb/ adverbial)

### 4.5.1 تعریف:

لگہٕ بأش وَنوٗ تِھس کُنہِ لفظس یُس کراوتھ عملہِ ہُند انداز/ ترا ے/ وقت/ جاے ہاوِ- تہِ زَن گوٚو یہِ ''کِتھِ پأٹھی؟''، ''کر؟''، ''کتہِ'' تہٕ ''کیازِ؟'' سوالن آسہِ جواب- مثلاً: رِتی پأٹھی ،أدی، آنگنس منز، تِکیازِ ژیر گوس-

بیترِ

لگہٕ بأش چھِ عام پأٹھی ہشر نہٕ ہأوی کراوتہِ پتہٕ یوان: مثلاً:

سُہ دراو ہُپأری-

سوٗ أژ گرِژیری-

شُر یوٗ گیوٚ ند رِتی پأٹھی-

مےٚ چھُ ترےٚ ریٚتھ برونہہ وُچھمُت سُہ-

سُہ ہیکِہ نہٕ پگہہ تام وأتِتھ-

لگہٕ بأش ہیکہِ اکوے لفظ أسِتھ- مثلاً: پأٹھی، یِیِتہِ، اوترِ، سُلہِ، کنی، صُبحٕ ے، ژون وٕری یَن بیترِ- یا ہیکہِ یہِ کینژن لفظن ہنز گیڈٕ أسِتھ لگہٕ بأش ترتیب أسِتھ- مثلاً:

پانژھ دوہ برونہہ، ہیٚری مِس پورس، ہُپأری ڈٕ چھن کُن، بیترِ-

لگہٕ وأش ترتیبس منز چھِ اکھ یا زِ لگہٕ بأش آسان-

### 4.5.2 لگہٕ باشن ہندی قسم

باقی زبانن ہندی پأٹھی چھِ کأشرِس منز تہ وارہن قسمن ہندی لگہٕ بأش۔ کیٛنہہ لگہٕ بأش چھِ کورِ لگہٕ بأش یم نہٕ بیٛیہِ کُنہِ منزٕ دراٰمتی آسن، تہٕ کیٛنہہ ووٕرِ یعنی یم بیٛیو ونٛیو منز دراٰمتی آسن ۔ اِؤَ کنی چھِ لگہٕ بأش دون قسمن ہندی :

4.5.2.1 کورٕ لگہٕ بأش

پأٹھی، أدی، یِو، کنی، پأری، راتھ، کألی، از، پرُس، پرأرِس،

4.5.2.2 ووٕرِ لگہٕ بأش : یم باقی ونٛیو پیٹھٕ تھُر نہٕ آمتی آسن۔

ناوُت + لگہٕ بأش

ناوُت + ٕستی : قلمہٕ ستی ،کتھِ ستی ، کنہِ ستی ،میٛزِ ستی

ناوُت + دِش : دوہدِش

ناوُت + کیُت :راتھ کیُت ، سُلہِ کیُت ،شام کیُت

ناوُت + بأگ :ژیری بأگ ،ژور بجے بأگ ،

ناوُت + ہیُو : ہاپُت ہیُو ، جِن ہیُو ،انسان ہیُو

ناوُت + پأٹھی : جنہٕ پأٹھی ،ہوٚنی سٕندی پأٹھی ، شُری پأٹھی

ناوُت + /ے/ + /س/ : راتس ،دوہس ،وری یس ،

ناوُت + /ے/ + /ن/ :دوہَن ،گأنٹن ، ہفتن ، شامن ،صُبحن......

باوُت + لگہٕ بأش :

رِتی پأٹھی ،ژھوٚٹ پأٹھی ،ورگہٕ پأٹھی ،چأری پأٹھی......

لگہٕ بأش + لگہٕ بأش

بون کُن ،ہیوٚر کُن ،تَل کُن ،کور کُن ،

وارِ وارِ ، رٲتی راتس، دُہی دُہس، وُہری وٕری یس، سُلہِ ژیری ..........
یپأری کنی، کپأری کنی، تلی کنی، پیٹھی کنی

سوال+لگہٕ بأش

کپأری، کورٕ کُن، کوٗکُن، کوٗت تام، کرتام، کیُتھ تام، ......

## 4.6 پوٚت جاۓ (postpositions)

کینہہ لفظ چھِ تم یم ناوِتس پتہٕ لگتھ امیک مقأمی، زمأنی، سمتی، تہٕ ملکیتی آسُن ہاوان چھِ ۔ مِ:

مقأمی : تَل، پیٹھ، منز، دچھنی، کھوری، نش، نشہِ

زمأنی: تام، بروٚنہہ، بروٚنہہ

سمتی : کنی، کُن،

ملکیتی : سُند، ہُند، کیُتھ ، وول

وجوٗہی : ستی، موکھہٕ ، باپت، کُن، کنی، خاطرِ، کیٚتھ ، ناوی، پُرٕھی، برأنٛژ

اندأزی : پأٹھی، ورأۓ، بغأر، سان، ہیوٗ/ہش

یتھین لفظن وَنو پوٚت جاۓ تہٕ کاشرِس جُملس منز چھِ یم ناوِتی ترکیبس ستی یتھ پتہٕ کنہِ جاۓ رٹان ۔ مِ:

کتاب چھےٚ المارِ منز۔

پین چھُ ٹیبلس پیٹھ۔

شال ژٲل کھہس کُن۔

یہِ کتاب چھےٚ ہُمِس کورِ ہنز۔
ہٕ نمتھ ژٕشہر تام۔
ژٕ گڑھ تس نِش۔
بہٕ دراس گام بسہِ کِنیتھ۔
سُہ چھُ ووٚنی شُری وول۔
ماجہِ ہیوٚت مکانہٕ پننہِ کورِ ہنز پٕژھی۔

یُس ناوِتی ترکیب پوٚت جایس بُتھِ آسہِ، تتھ وَنو پوٚت جاے پرُوَن (complement)۔ پننس پرُونہٕ ناوِتی ترکیبس ستی رٕلتھ چھُ پوٚت جاے ترکیب بنان۔ بعضے ہیکہِ ناوِتی ترکیبہ جایہ اکھ پوٗر جُملٕہ (clause) پوٚت جایک پرُوَن آسِتھ۔ مِ:

ژٕ پرأری زِ تمی ہندِس واتنس تام۔

پوٚت جاےٚ پرونہٕ ناوٕت ہیکہ یاتہٕ مفعولی کیسس منز آسِتھ۔ مِ:
پئِن چھُ ٹیبلس پیٹھ۔ (ٹیبل+/ـَ/+/س/)
برأر چھُ دوسہِ کُرسہِ تل۔ (کُرسی+/ـِ/)
پوٚت جاےٚ پرونہٕ ناوٕت ہیکہ یاتہٕ آیتی کیسس منز آسِتھ۔ مِ:
تمی ہندِ گرٕ پیٹھٕ سون تام چھُ کیے۔
المارِ منزٕ کڈ فایل۔ (المأری+/ـِ/)
گگُر ژول ٹیبلہٕ تلی۔ (ٹیبل+/ـہٕ/)
کینہہ پوٚت جاےٚ چھِ سمتی آسنہٕ کِنی بہرحال آیتی کیسس منز ورتاونہٕ یوان۔
یمن چھُ آیتی کیسہٕ لوٚگ ستی۔ یم چھِ: پیٹھی، پیٹھ، کنی، نِشہِ، اندرٕ، منزٕ، تلی،

وول۔ مِ:

ٚبلبُل ژٚول کُلہِ پیٹھؠ۔ +/-/

سکوٗلہِ پیٹھٕ گرٕ تام پکان تھوٚگُس بہٕ۔ +/-ٕ/

سائنؠ کِنؠ چھُ سخ شین پیوان۔ +/ی/

پوٚت جاین چھِہٕ عام پاٹھؠ ہِشرٕ نہٕ لگان۔ صرف چھُ تمن پوٚت جاین پننہِ متعلقہٕ ناوتہ کہ جنسہٕ ، تعدادٕ تہٕ کیسہٕ مطابق گردان سپدان یم ملکیتی معنی یا بعضے اندازٕ یا ہِشر ظاہر کران آسن۔ مِ:

| واحد | | جمع | |
|---|---|---|---|
| مذکر | مونث | مذکر | مونث |
| کیٚتھ | کِرٕ ژھ | کِتھؠ | کِرٕ ژھٕ |
| ہُند | ہنٕز | ہندی | ہنٕزٕ |
| سُند | سنٕز | سندی | سنٕزٕ |
| وول | وازٕنؠ | وأ لؠ | واجنہِ |
| ہیُو | ہِش | ہِوی | ہِشہِ |

کأشرِس منز چھِ کینہہ پوٚت جأے /ی/ جورنہٕ سٟتؠ بناونہٕ یوان:

پوٚت جأے +/ی/ مِ: کُن > کِنؠ ، نِش > نشہِ ، دٕچھِن > دٕچھِنؠ،

تَل > تلؠ ، بون > بوٚنؠ ، پیٹھ > پیٹھؠ ، منز > منٛزؠ

کینٛہہ کراوتی ترکیبہٕ ہیکو کھ پوٚت جأے مأنِتھ۔ مِ

مےٚ وُچھ سہٕ <u>بیگ ہیٚتھ</u> پکان۔

مےٚ چیٚے چاے <u>ادرک رلأوتھ</u>۔

## 4.7 واٹتی (Co-ordinators)

### 4.7.1 تعریف

واٹت چھِ روایتی گرامرس منز تتھ کتھِ انگس ونان یُس دون لفظن ،ترکیبن یا جُملن پانہٕ وٕنی رلاوان آسہ ۔ م:

ہأر تہٕ بُلبُل چھُ دار پیٹھ بہتھ ۔

{ ہشر نہٕ ہاو کراوٕت چھُ امہِ برٛونہہ مِس ناوتس سٟتی ہشرن تھاوان ۔ وُچھِو "ہشرن" ۔}

### 4.7.2 واٹتی قسم

واٹتی چھِ دون قسمن ہندی :

#### 4.7.2.1 رلاوَن واٹتی :

تم واٹتی یِم دون جُزن تتھٕ پأٹھی رلاوَن زِ دوشوَے جُز روزَن آزاد ۔ یم چھِ :

تہٕ سُہ تہٕ بہ چھِ یار ۔

هون تہٕ برأر چھےٚ آنگنس منز ۔

(ہشر نہٕ ہاوکراوتیک مارفیمیات وُچھِو "ہشر نہٕ ہاو کراوٕت")

مےٚ پُر ناول تہٕ ژےٚ وُچھِتھ فلم ۔

بیٚیہٕ تمہِ وُچھ ٹی وی تہٕ بیٚیہٕ گٔرن پلوَن گُندی ۔

اتھس منز گرٛشہِ پوٚنسہٕ آسُن بیٚیہٕ گرٛشہِ کأم آسٕنۍ ۔

تہٕ......تہٕ شکیلن ہیوٚت زمین تہٕ مکانہ تہٕ ۔

ژےٚ زیوٚنُتھ تہٕ تہٕ خرچوٚوتھ تہٕ ۔

بێیہ…… تہِ    تور ووت فاروق تہِ بێیہِ تُسند دوست تہِ۔

نہ……تہٖ نہ    نہ آو وأ ژ تسِنز چِٹھی تہٖ نہ تُسند فون۔

### 4.7.2.2 تابعتی واٹتی:

تِم واٹتی یِم دوِن جُزن تِتھِ پأٹھی رلاوَن زِ دوِیوَمنزٕ بنہِ اکھ تابع جُز۔ یِم چھِ:

تِکیازِ    بہٕ دراس نہ ازکامہ تِکیازِ ازکوٚ رُکھ ہڑتال۔

ووِن گوٚو    ووُنی پێیہِ نہٕ زیادٕ شین ووِن گوٚو اوٚبُر چھُ۔

مگر    تمی کُر ووریاہ محنت مگر گٔژِن بانبر۔

مێ کریوس کیاہ (مگر) سُہ دراوتو تہِ۔ (مگر چھُ اختیأری۔)

یوٚتام    شُری پرارێِ بسہِ یوٚتام ژٕ یِر گوکھ۔

ہرگہہ    ہرگہہ دوٚر کوٚرُن أسی لاگو کأم۔

یا    ازپێیہِ روٗد یا شین۔

ژٕ نیر یا بێہہ ازپێتی۔

یا……یا    یا ووتھ تہٕ بناوچاے، نتہٕ بناوِ بے۔

نتہٕ    سُہ گژھِہن از دفتر نتہٕ گژھیس نُقصان۔

یا……نتہٕ    یا واتہِ سُہ از شێچھ ہێتھ نتہٕ اوس اپزٕ ے۔

یاتہٕ……نتہٕ    یاتہٕ یِکھ سون نتہٕ گوٚ وئلی۔

نہ……نہ    نہ چھُکھ ژٕ مێ دِوان کأم کرنہٕ نہ چھُکھ پانہٕ کران۔

# 4.8 نکاری (Negation)

## 4.8.1 تعریف

نکاری گۓ تِم لفظہٕ باشہِ وَل یِموٚ ستی جُملکہِ اڈِ یا کلُہم معنییک نفی یا تردید سپدِ تھہیکہِ۔

## 4.8.2 نکاری لفظ

کاشرِس منز چھُ امہِ باپت لفظ: نہ۔ یہ چھُ بیاۓنی جُملس منز کراوِتی ترکیبس اندس پیٹھ یوان۔

بیان نہٕ — سُہ اوس نہٕ یوٗرک بوزان۔

مےٚ چھُ نہ (چھُنہٕ) پَے سُہ کوٚت گوٚو۔

موبایل چارجر چھُمنہٕ اتھی یوان۔

راشد گژھِ نہ جوٚم۔

سوال نا — ژےٚ چھےٚ نا مےٚ ستی یُن؟

تٔمی اوس نا اخبار پوٚرمُت؟

سلیم گژھِ نا سرینگر؟

شُری یِن نا از؟

سُہ چھنا رُت لڑکہٕ؟

| | | |
|---|---|---|
| امری | یِنہٕ | یِنہٕ کھوژَ کھ! |
| | یِتھنہٕ | یِتھنہٕ بانبرَ کھ! |
| | زِنہٕ | تس ؤنی زِنہ میون۔ |
| | مہ | میون ہے بوزَ کِھ مہ وُچھ یہ سیریل۔ |
| | متہٕ | متہٕ ٹُل تہٕ مےٚ گیوٗر۔ |
| یژھن | نَے-نہ | سُہ نَے بانبر کرِ ہے، نقصان گژھِ ہس نہ۔ |
| | نَے-ما | ساد نَے لاۓ گِھکھ، سُہ ماپوشہِ ہی۔ |

## 4.8.3-نکاری گوڈٕ لگی

کأشرس منز چھِ کینہہ نکأری گوڈٕلگی تہٕ یِموٚ ستی نکار ہاوُنہٕ چھُ یوان۔ کینہہ چھِ اصل کأشری تہٕ کینہہ چھِ فارسی پیٹھٕ آمتی۔ یِم چھِ یاتہٕ باوتس گوڈٕ لگان، نتہٕ چھِ ناوتس گوڈٕ لگتھ نکأری باوت بناوان۔ یِم چھِ:

| | |
|---|---|
| نےٚ | نےٚ دیور کیاہ ہیٚیہٕ بازرٕ مٔلی۔ |
| | تس چھُ ہمیشہِ نےٚ بوزُن۔ |
| بے | یوٚت گژھِنہٕ بےرحم لاگُن۔ |
| | تِمن چھےٚ دولت بے حساب۔ |
| | سُہ چھُ بے وجہ شرارت کران۔ |
| نہ | ژےٚ چھےٚ دوہَے نہ بوزُن، بہٕ کیاہ کرَے۔ |
| | تس چھُ نہ ماننُ، بہ کیاہ کرس۔ |
| نا | شہرس منز چھِ ناسازگار حالات۔ |

اَ- بتہٕ اوس اچھوو۔
ہُن تس چھُ دِل نرمل۔ ژٕ چھُکھ ہن دوش۔
نێش نێش بوٚ دکیا مانہٕ نصیحت۔
بے بێتہٕ کُس چھُ بے غرض؟
بیٚمائل پأٹھۍ گژھِ نہ کأم کرٕنۍ۔

## 4.8.4 نکأری پوٚت لگوٚ

یِم چھِ: نَے، روٚس، ورأے، بغأر۔ نَے چھُ کراوتس اندس پێٹھ لگان تہٕ باقی چھِ ناوتس پوٚتُس لگان۔ ناوُت چھُ آیتِ کیٚسس منز روزان۔

نَے اجازت ہێنَے کیاز دراکھ؟
مےٚ رٕژٕ حساب کرٕ نَے تس نشہِ پونسہٕ۔
روٗدپێنَے چھےٚ رب ووتھان۔
روٚس بہٕ ہیکہٕ نہٕ دوٕ روٚس چاے چێتھ۔
روٚستُے مزوٗرَو گر کھینہ چینہ روٚستُے پوٗرٕ دوہس کأم۔
ورأے چھاتہٕ ورأے کوٚت دراگِکھ ترٖتھِس روٗدس منز؟
بغأر مےٚ بغأر گری زِنہٕ سودا۔
چھوٚن چندٕ چھوٚن کیاہ کرِ مألس گژھِتھ!

## 4.8 تاکید (emphasis)

جُملس منز گُنہِ جزس پیٹھ زور دنہٕ باپت چھِ کأشرس منز کینہہ آواز ، لفظ یا طریقہٕ یمن أسی گرامری معنیس منز تاکید ونَو۔

i۔ زور : جُملس منز گُنہِ أکِس جُزس پیٹھ پھوٕر زور لگاونہٕ سٟتی: مِ:

ژٕ ے* پھُٹر ووُتھ پیالہٕ۔ ژٕ ے پھُٹر ووُتھ* پیالہٕ۔

ژٕ ے پھُٹر ووُتھ پیالہٕ*۔

ii۔ +/ ے/ جُملس منز گُنہِ أکِس جُزس +/ ے/ جورنہٕ سٟتی چھُ تتھ تاکید میلان۔ مِ:

مےٚ وُچھ سُہ تور گژھان۔

تمی پوٚ رُ ے نہٕ تہٕ امتحان کیا دِیہِ ہے۔

ژٕ نیری زِسُلی اِد واتگھ۔

iii۔ لفظہٕ ترتیب بدلاونہٕ سٟتی +/ ے/:

پوٚنسے نٟین ، زُونچیٚو۔

iv۔ جملہٕ کھنڈرن +/ ے/:

یہِ اوس فاروقے تٟیمی مےٚ یہِ گٔتھ وٕنی۔

ہےٕ گوس سُہ تٟیمی ژٕ ے حاجت کوٚ ڈ ے۔

v۔ پھِری پھِری تاکید +/ ے/

تمی ہے اور ے ساٚرے گٔتھ بوزناویانے۔

vi۔ ہزلہٕ سوال:

مےٚ چھُکھاہ ونان؟ ژٕ ے ہیکہٕ کھاجنگل گژھِتھ یُس ہوٚنس تہِ چھُ کھوژان؟

## 4.9 آلوٕ (vocatives)

کأشرِس منز چھِ بوز کھٕ سُند توجہ پھِرنہٕ باپت کیٚنہہ مارفیم یِم تٔمی سٕندِ ،جنسہٕ تہٕ مرتبہ مطابق تہٕ تس سٟتی پانیارٕ مطابق ورتاونہٕ یوان چھِ:

i۔ آلولفظ:

ہے!، ہیا! ہتا! ہے! ہتے! ہتو! ہتوٗ! (مرأزی)، حض، مہرا! ہسأ!

ہتہٕ سأ، ہتہٕ حض!، ہتہٕ مہرا!

ii۔ ناو+/و/ یا/آ/

فاروقو! فاروقا! لوکو! بایو!

iii۔ ناو+/ٕ/+/و/یا/ے/

راجَو! راجَے! مسرتے!

iv ۔+/ی/

کوٗری! ٹأٹھی! موجی! مأجی! ماما! بابا! ببا!

v۔ +/آ/

گوٚبریا! ٹاٹھیا! بَبا! مالیا!

## 4.10 بے واپہٕ وٕنتی (exclamation)

یم چھِ تِم لفظ یا آوازٕ یم تعجب ، افسوس ، خوشی ، غم ، دَگ یا یژھُن یاونہٕ باپت ورتاونہٕ یوان چھِ۔

| | |
|---|---|
| ہَہہ ! | ہَہہ ! سُہ ژٕ ولا ! |
| کیا | کیاہ ! سُہ موٗداہ ! |
| ہَہ ہا | ہَہ ہا ! مےٚ کیاسأ پھِرٕ یے۔ |
| ہَے ہے | ہَے ہے ! گرٕ ھی تَن تس میٚنے پیٹھ شک۔ |
| آہا | آہا ، کیا گُلاب چھِ تُہندِس آنگنس پھوٚلی مِتی ! |
| ووہی ! | ووہی ! یہ اوسُس دوہَے ساد ! |
| وأے ! | وأے ! نرِ چھَم سخ دگ۔ |
| ہاے ! | ہاے ، یہِ کأم جل انْدٕ نی ! |
| | ہاے ، بوٗزی تن سون ! |
| کاش | کاش یہ تَتہِ آسُن ! |
| | کاش ژٕ وتِھس پیٹھ ووتمت آسُن ! |

# 5

# جُملیات

## 5.1 تعریف:

روایتی طور گۄو جُملیات تِمن قاعدن ہُند مطالعہ یمو مطابق کُنہ زبانہِ منز لفظ جوٗرِتھ جُملہٕ بناونہ یوان چھِ۔ چونکہِ جملس منز چھِنہٕ لفظے یوت آسان، اِکنی چھِ وونی جدید گرامرس منز چھ جملہ کیٛن سارنٕے جُزن ہندس باہمی رشتن ہندس مطالعس جملیات ونان۔ یِمن جُزن منز چھ شامل کیس، ہِشرن، صوتیمن ہُند بدلاو، تہٕ مارفیمن ہُند رشتہٕ۔ امہ تعریفہ کِنی ہیکوٗ وٕنِتھ زِ لفظس تہٕ چھُ پنُن أندرٕ جُملیات آسان۔ جدید گرامرٕ مطابق چھ جُملیات زبانہِ ہنزِ جُملہ وۄزیہ ہُند مطالعہٕ۔ اَتھ منز چھُ شامل :i۔ بنیادی جملہٕ تہٕ امیک ساخت ؛ii۔سوال تہٕ بیان؛ iii۔جملہٕ رلاوٕنکی اصول ؛iv۔جُملن ہُند تغیر۔

چونکہِ جملیات چھُ نہایت پیچیدٕ علم اِکنی چھِ مختلف گرامردان چھِ جُملیا تک مطالعہٕ مختلف اندازٕ کران۔ اکثر گرامردان چھِ امیُک سارِوے کھوتہٕ آسان طریقہ ورتاوان، تہِ زَن گۄو جملہ کہ ساختہٕ مطابق جُملن ہنز قسم بندی: سوالہ جملہ ،سادٕ جُملہ، جملہ واٹون تہٕ جملہ مِلون۔

## 5.2۔ سوالیہ جُملہ

پرِیتھ کُنہِ ساڈ جُملس ہیٚکہِ مدِ مقابل سوال اَستھ ۔ یاوَنو پرِیتھ کانہہ ساڈ جُملہٕ ہیٚکہِ کُنہِ سوالُک جواب اَستھ ۔ مِ:

| سوال | جواب |
|---|---|
| سو کیاہ چھےٚ ؟ | سو چھےٚ ٹیچر۔ |
| تمہ کتھی چھِ ؟ | تمہ چھِ رٕتی ۔ |
| شکیلن کیاہ کوٚر ؟ | شکیلن پٔر کتاب۔ |
| راجس کمی دِژ کتاب ؟ | شکیلن دِژ کتاب راجس۔ |
| شکیلن کیاہ دیُت راجس ؟ | شکیلن دِژ راجس کتاب۔ |

سوالُک مقصد چھُ آسان کانہہ اطلاع حاصل کرُن یا کانٛسہِ ہُند ردِ عمل زانُن ۔سوال چھِ ترٛین قسمن ہندی :

### 5.2.1 آ - نا سوال:

تیُتھ سوال یَتھ جواب آسہِ [آ] یا[نا]۔

آ - نا سوال بناونہٕ باپتھ چھُ کالہٕ ہاوٕ کراوتس اندس پیٹھ /آ/ جورنہٕ یوان ۔ساڈ جُملُک لفظہٕ ترتیب چھُنہٕ بدلان ۔ مِ:

ژٕ گوکھا تور؟ { گوکھ+آ= گوکھا }

تمہ وچھنا فلم؟ { وچھن+آ=وُچھنا}

ژےٚ لوٚ بتھا کینہہ { لوٚبُتھ+آ=لوٚ بتھا}

### 5.2.2 تکرارِ سوال : تکرارِ سوال گٔے تمہ سوال یِمن منز جواب برونٛٹھے پتا

آسِہ تہٕ بوزکھ آسِہ محض تصدیق یژھان۔ تِتھیٖن سوال منز چھُ گوڈٕ بیان یوان تہٕ پتہٕ چھُ کالہٕ ہأوِی کراوتِس [نا؟] جورنہٕ یوان۔ تِتھیٖن سوالن چھِ زٕ قسم:

i۔ آ۔ جوابہٕ سوال: کراوتِس چھُ ہشر نہٕ لوٗگ لاگنہٕ پتہٕ [نا] لگان۔ مِ:

مےٚ کٔر پنٕنۍ کأم۔ کرِم نا؟ جواب: آ

تٔمۍ دِتۍ پونسہٕ واپس۔ دِتِن نا؟ جواب: آ

ii۔ نہ۔ جوابہٕ سوال: بیان کِس کراوتِس چھُ بُتھِ [ما] لاگنہٕ یوان۔ جواب چھُ [نہ]۔ مِ:

مےٚ ماوٚن اپُز؟ وٚنما؟ جواب : نہ

جانٕن ما پھُٹر وو پیالہٕ؟ پھُٹر وُو نا؟ جواب : نہ

iii۔ ہزلہٕ سوال: سوالس منزٕ ے چھُ ہزل آسان۔ جواب چُھ نکار، مگر غیر ضروری۔ مِ:

i۔ ژٕ چھُکھا پرایم منسٹر؟

ii۔ بہٕ کِہو چھٕچہٕ چھُسا ؟

iii۔ ژےٚ چھِیا ارسرٕ؟

iv۔ توتہٕ چھُکھ ناژٕ پادشاہ؟

5.2.3 ک۔سوال : یِم گےٚ تِم سوال یِمن منز ک/ءِ ستۍ شروع گژھن ووٚل سوالہٕ لفظ زور ہیٚتھ آسِہ تہٕ جواب آسِہ پوٗرٕ بیان۔ مِ: کیاہ، کُس، کتہٕ، کیُتھ، کِمس، کَم، کٔژ، کوتاہ، کر، کتیٚگ، کیأزٕ، کأژاہ۔ کَتیٖن، کرٕک، کِمۍ سٕند، کِمن ہُند ......بیترٕ۔

| سوال | جواب |
| --- | --- |
| ژٕے کیاہ کوٚرُتھ؟ | مےٚ پُرٕ کِتاب۔ |
| ڈیڈ کتہِ چھےٚ؟ | دید چھےٚ کُٹھس منز۔ |
| تٔم کتھ چھِ؟ | تٔم چھِ رتی۔ |
| تُمۍ کس اتھِ سوٗز چِٹھۍ؟ | تُمۍ سوٗز شکیلس اتھِ چِٹھۍ۔ |
| تُمۍ کیاہ سوٗز شکیلس اتھِ؟ | تُمۍ سوٗز شکیلس اتھِ چِٹھۍ۔ |

## 5.3 ساد جُملہٕ

**5.3.1 تعریف:** ساد جُملہ گوٚو یَتھ منز اکوے فاعل/کراوَل، تہٕ اکوے کالہٕ ہوو کراوُت آسِہ۔ مِ:

گیوٗن وٲلی گیوٚو۔

ژٕے وٚوُدُتھ۔

[گیوٚو] تہٕ [وٚوُدُتھ] چھِ اَتٕری کالہٕ ہٲوی کراوِتی یِمن منز فاعلس سٕتی ہشر نہٕ حوالہٕ چھِ۔

سادِ جُملس ہیکہِ اکھ پوٗروَن complement تہٕ آسِتھ:

سوٚ چھےٚ ٹیچر۔

تٔم چھِ رتی۔

سادِ جُملس ہیکہِ کالہٕ ہٲوی کراوتہِ پتہٕ اکھ سیوٚد مفعول تہٕ آسِتھ۔ مِ:

شکیلن پُرٕ کِتاب۔

ساد جُملس ہیکہِ کالہٕ ہأوی کراوتہِ پتہٕ اکھ سیُٛد مفعول تہٕ اکھ ورگہٕ مفعول تہِ أسِتھ۔ مِ:

راجن دِژ شکیلس کتاب۔

راجن دِژ کتاب شکیلس۔

### 5.3.1 ساد جُملک لفظہٕ ترتیب

ساد جُملہٕ کیٛن حصن ہُند ترتیب چھُ مختلف زبانن منز مختلف۔

کأشرِس منز چھُ ساد جُملک ترتیب یہِ:

جملہ = فاعل/کراول + کالہٕ ہووکراوُت + مفعول

یِمن جُملن منز، تہٕ باقی سارنے جُملن منز چھُ کراوُت فاعلس پتہٕ ستی یوان۔ یاونو کالہٕ ہووکراوُت چھُ جُملس منز دوٛیم جاے رٹان۔ (امہِ اعتبارٕ چھےٚ کأشر زبان باقی ہِند آریایی زبانو نِشہِ مختلف۔) ووں گوٚو جأری کیفیتس منز چھ راے کراوُت بعضے مفعولہٕ پتہٕ تہِ یِتھ ہیٚکان۔ مِ:

سو چھےٚ چاے چیوان۔

بہٕ اوُسس کتاب پران۔

مگر یتھیٚن جُملن منز تہِ چھُ کالہٕ ہووکراوُت (چھُس، اوُسس، آسہ......) فاعلہٕ پتےٚ یوان۔

بعضے چھِ أسی کتھ باتھِ منز ہزلہٕ پأٹھی، ٹھٹھ پأٹھی، یا کُنہِ چیزس ژوٚرزور دِنہٕ کہٕ غرضہٕ بنیأدی لفظہٕ ترتیبس منز لفظن جایہِ بدلی کران۔ مِ:

بنیأدی ساد جُملہٕ: راتکی روٗدن گول سورُے شیٖن۔

امکأنی جُملہٕ:

سوٗرٕ شیٖن موکلوورا تکی رودن۔

کاءِلکی روٗدن موکلوو سوٗرٕ شیٖن۔

موکلوو سوٗرٕ شیٖن کاءِلکی روٗدن۔

شیٖن موکلوو سوٗرٕ کاءِلکی روٗدن۔

کاءِلکی روٗدن موکلوو شیٖن سوٗرٕ۔

یم جُملہٕ وُچھِتھ چھُ باسان زنتہٕ کاشُر زبان تہٕ کانہہ آزاد-لفظہٕ ترتیبی زبان چھےٚ۔ مگر تہٕ چھُنہٕ صحیح۔ لفظن ہنز جایہٕ بدلی چھےٚ اُسلوبی اہمیت تھوان۔ کاشرِ زبانہٕ ہُند بنیاٗدی جُملُت ییہٕ مانِنہٕ:

جملہ = فاعل/کراول + کالہٕ ہوو کراوُت + مفعول

یتھ پاٹھی اِسہٕ مارفیمیاتس پیٹھ گتھ کران وُچھ، فاعل چھُنہٕ محض اکھ ناوُت آسان بلکہ اکھ کھوتہٕ زیادٕ مارفیمن ہُند ترکیب تہٕ کراوُت چھُنہٕ محض کراوُت بلکہٕ اکھِ کھوتہٕ زیادٕ مارفیمن ہُند ترکیب۔ اِوٚنۍ ہیکو سادٕ جُملُک ساخت یتھ پاٹھی تہٕ ہاٗوِتھ:

سادٕ جملہٕ = ناوِتی ترکیب + کالہٕ ہوو + کراوِتی ترکیب

یا ژھوٚٹرِنن منز:

ج = ن ت[1] + ک ہ + ک ت

ناوِتی ترکیب (ن ت) = بنیاٗے (ب) + ناوُت (ن) + جنس (ج) + تعداد (ت) + کیس

کالہٕ ہوو (ک ہ) = کال + کیفیت

کراوِتی ترکیب = کراوُت + ہشرن + ن ت[2]

ن ت$^2$ = کراوُت + ہشرن + بدیأے (ب) + ناوُت (ن) + جنس (ج) +

تعداد (ت) + کیس

گُلہٕ شکل:




## 5.3.2 ساد جُملن ہندی قسم:

کأشرِس منز چھِ ساد جُملن ہندی قسم یِتھ کتھِ پیٹھ بنان زِ کراوِتی ترکیبہٕ پتہٕ کیاہ چھُ۔ امہِ اعتبارٕ چھِ کأشرِس منز ساد جُملن ہندی نَو قسم بنان:

5.3.2.1 ج = ن ت + ک ہ + آس + ب

یِتھین جُملن منز چھُ رائے کراوُت [ آس] یِتھ بیوٚن بیوٚن کالن منز فاعل کِس جنسس، تعدادس تہٕ شخصس سٟتی ہشرنہٕ بدلاو سپدان چھُ۔ (وُچھو ہشرن)۔)

یہِ گُل چھُ تھوٚد۔

سو کوٗر أس کاژر۔

یَم کنہٕ چھےٚ درِ۔
تَم گاٹکی آسن رٕتی لُکھ۔
باوُت تہِ چھُ فاعل کہِ جنسہٕ، شخصہٕ، تعدادٕ تہٕ کیسہٕ مطابق لگِ رٹان۔
(وُچھِو ''باوُت'')۔
امہِ ترتیبہٕ کیٚن جُملن ہُند ساخت ہیکو یتھٕ پأٹھی ہأوِتھ:




5.3.2.2 ج = ن ت + ک ہ + آس + ل ب

امہِ ترتیبہٕ کیٚن جُملن منز چھُ کالہٕ ہووکراوتہِ پتہٕ لگِ باش (ل ب) یا لگِ باشہٕ ترکیب (ل ب ت) یوان۔ مِ:

نانی چھےٚ ہیٚرِ۔
شُری چھِ آنگنس منز۔
سوأس پیٚتھٕ۔
تَم آسن جنگلس منز۔

5.3.2.3 ج = ن ت[1] + ک ہ + آس + ن ت[1]

اَتھ ترتیبس منز چھُ گوڈنیک تہٕ دوٛیم ن ت أکی سے چیزس کُن اشارٕ کران تہٕ اِوٕ کنہِ چھُکھ کُنہٕ پیٹھی نمبر۔ دوٛیم ن ت چھُ فاعلہٕ پوٗرون۔ مِ:

چون یار چھُ ڈاکٹر۔

ہُہ تھوٚدنفر چھُ کھلاڈی۔

راجہِ اوس میون آدن یار۔

بڈ شاہ اوس اکھ بوٚڈ بادشاہ۔

یِم ژوٚنٹھی چھِ امبری۔

بشیر چھُ میون بوے۔

بعضے چھُ پرناوٗت تہِ فاعلہٕ پوٗرون بٔنتھ ہیٚکان۔ مِ:

سُہ گوٚو ہُہ۔

تہِ گوٚو یہِ۔

یہِ چھےٚ سو۔

5.3.2.4 ج = ن ت + ک ہ + اَٹری کراوٗت

اَٹری کراوٗتس پتہٕ چھُنہٕ کانہہ پوٗرَون لگان۔ یعنی نہ کانہہ ناوٗت، نہ پرناوٗت تہٕ نہ باوٗت۔ مِ:

سو چھےٚ اسان۔

پوش چھِ پھولان۔

شُری چھِ گندان۔

لوکچہ لوکچہ کورِ چھےٚ نژان۔

کێنہہ اَٹزی کراوِتی ہیکو کھ ٹزی کراوِتی پأٹھی تہِ ورتأوِتھ۔(وُچھِو اَٹزی کراوُت)۔

مِ:

| ٹزی کراوُت | اَٹزی کراوُت |
|---|---|
| تمہِ گیوٚو بأتھ۔ | تمہِ گیوٚو۔ |
| راجن زیون انعام۔ | راجن زیون۔ |
| ژےٚ لیوٚ کھُتھ بأتھ۔ | ژےٚ لیوٚ کھُتھ۔ |

کێنہہ اَٹزی کراوِتی چھِ خالص اَٹزی کراوِتی یم نہ ٹزی کراوتہِ رٔنگی ورتأوِتھ ہیکو کھ۔

مِ: اَس، بَس، لَس، شونگ، ژل۔ بیترِ۔

أسی ہیکو نہٕ وٕنتھ :

* سو اَس اسان اُسن۔
* سُہ اوس شونگان شونگن۔ بیترِ

اَٹزی کراوتین ہنز اکھ خاص گتھ چھےٚ یہِ زِ یمن پتہٕ ہیکہِ لگہِ بأش تہِ ۃتھ۔ مِ:

شُری چھِ پران بڈِ۔

کورِ چھےٚ باغس منز گِندان۔ اکورِ چھےٚ گِندان باغس منز۔

تِم بیہن گرِ۔

اَٹزی کراوتین چھِ فاعل یا کراوِل کہِ جنسہٕ تعدادٕ تہٕ شخصہٕ مطابق ہشر نہٕ لگی لگان

تہٕ صوتیمی - مارفیمی بدلاو سپدان۔

(وُچھِو اَٹزی کراوُت)۔

5.3.2.5 ج = ن ت[1] +ک ہ + ت ک + ن ت[2]

اَتھ ترتیبس منز چھ موٗلہٕ کراوت ٹرٕ تہٕ اَتھ پتہٕ چھُ اکھ پوٗرٕوَن (complement) لگان یِتھ مفعوٗل تہٕ ونان چھِ۔ اتھ ترتیبس متعلق چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ کینہہ اٹرٕ کراوِتی چھِ ٹرٕ کراوتیک باس دِوان۔ مِ: ''ژٕلس لوٗگ دَب۔'' یُتھ جُملہٕ یِیہِ نہٕ اَتھ ترتیبس منز تکیا زِیہِ جُملہ ترتیب گژھِ بہر حال حرکٕژ ل (active) آسُن۔ اَتھ جملہ ترتیبس منز چھ ک ہ تِتھٕ پأٹھی ٹرٕ کراوِتس منز میلتھ گژھان زِیہ چھُ امہِ چہِ صوتیمی - مارفیمی ہیٔژ منزنوٗن نیران۔ ن ت[1] تہٕ ن ت[2] چھِ کیس، جنس تہٕ تعدادِ مطابق لگی رٹان۔ مِ: بُلبلس/بُلبلن/بُلبلَو؛ ہارِ/ہاریو/ہارین......بیترِ (وُچھو ٹرٕ کراوُت)۔

امہ ترتیبک ساخت چھُ یِتھٕ پأٹھی۔ مِ:

تمِی لڑکن وُچھ گاشہِ باغس منز۔

ج ← {ن ت[1] (ب [تمِی] + ن [لڑکہٕ +کیس] + ک ت (ک [وُچھ] +

ن ت[2] (گاشہِ) ل ب [باغس منز])}

5.3.2.6 ج = ن ت[1] +ک ہ + ت ک + ن ت[2] + ن ت[3]

امہِ ترتیبہٕ کِس ٹرٕ کراوِتس پتہٕ چھِ زٕ مفعول ن ت لگان بن ت[2] + ن ت[3]

اکھ چھُ سیٛدٕ مفعول تہٕ بیا کھ ورگہٕ مفعول۔ مِ:

ماجہِ دِتی کورِ پلَو۔

''پلَو'' چھُ سیٛدٕ مفعول تہٕ ''کورِ'' چھُ ورگہٕ مفعول۔ سیٛدٕ مفعولس چھُنہٕ لگی گردان

سپد ان ییلہِ زَن ورگہِ مفعولس سپد ان چھُ ۔ کاشرِس منز چھےٚ یمن دون مفعولن ہنز جاے اختیأری۔

ماجہِ دِتی کورِ پلَو۔

ماجہِ دِتی پلَو کورِ۔

کأشرِس منز چھِ کینٛہہ ٹری کراوِتی یمن منز ورگہِ مفعولہِ پتہٕ پوٚت جأے تہِ چھِ لگتھ ہیکان۔ (وُچھو پوٚت جأے)۔ مِ:

ماجہِ ہیٚتی کورَ کتھی پلَو۔

یہِ جُملہِ یوٚ دوَے گرامرِ کِنۍ صحیح چھُ مگر یہِ چھُ مبہم تکیازِ اَتھ ہیکن زِ معنی نیرِتھ:

ماجہِ ہیٚتی کورِ پلَو۔ (پلَو اٚسی کورِ نِش یا کورِ ہندی۔)

ماجہِ ہیٚتی کورِ کتھی پلَو۔(پلَو ہیٚتِن کورِ کتھی مُلی۔)

امہِ ترتیبُک ترتیب-ساخت چھُ یہِ:

ج ←{ن ت[1]( ن[موج +کیس]+ک ت( ک[ہےٚ +لگی]+ن ت[2]

( کوٗر+لگی )+ن ت[3]( پلو)]}

کأشرِس منز چھِ کینٛہہ تتھی ٹری کراوِتی یمن پتہٕ مفعولہِ پتہٕ بیاکھ ناوُت، باوُت،لگی باش،کالہٕ کھاو کراوُت لگِتھ ہیکہِ ،مگر یہِ آسہِ مفعول یعنی ن ت ہس کُنۍ اشارٕ ۔ م:

لڑکو بنوو سلیم کیپٹن۔

امہ قسمکی کینہہ کراوِتی چھ: ژار، بناو ،مان ،زان ،ژین ،لب ،لاگ ، بَن۔

| | |
|---|---|
| ژار | اسہِ ژور سۓ پٔنٕن لیڈر۔ |
| بناو | عوامن بنوو امہٕ بٹ پٔنٕن زیٹھ۔ |
| گرٕھ | تمن گوکھ ژٕ ۓ ٹوٹھ۔ |
| زان | تمہِ گامہٕ کیٛو لُکو زون سُہ دیٛو۔ |
| مان | اسہِ مون اَتھس منز آمٕت رقم غنیمت۔ |
| ژین | اسہِ ژیون تمی سُند فند سُلی۔ |
| لب | امہِ وتہِ پکان لبکھٕ ژاکھ گام جنگلس منز۔ |
| لاگ | ٲسہِ وُچھتھ لوگ تمی موٗ دمُت۔ |
| بن | سُہ بنیوٚو پانٔے ڈاکٹر۔ |

5.3.2.7 ج = ن ت $^{1}$ + ک ہ + واٹہٕ ک ت + ب

کیٛنہہ کراوٕتی چھِ یم [آس] کراوتہِ بدلہٕ کُنہِ فاعلس ٲستی باوٕت واٹان چھِ۔ امہِ قسمٕکی کیٛنہہ کراوٕتی چھِ:

| | |
|---|---|
| باس | نوکراوس باسان تھوٚ کمُت۔ |
| گرٕھ | ژٕ گوکھ خوش۔ |
| | تس گیہٕ اُچھ خوٗنی۔ |
| روز | تم روٗدی خوش۔ |
| نیر | میأنی پرٕ ٹھ گتھ نیرِ پٕز۔ |
| | سُہ دراو پاگل۔ |

5.3.2.5.8 ج= ن ت<sup></sup>$^{1}$ + ک ہ + واٹھ ک ت + ن ت$^{1}$

اتھ جُملہٕ ترتیبس منز چھ گوڈنیک تہٕ دوٚیم ن ت گُنٕے تہٕ اوٕ کنی چھکھ پیٚٹھی نشانہ گُنٕے ۔ اَتھ ترتیبس منزینہٕ وٲلی کیٚنہہ کراوتی چھ :

بَن رضیہِ بنیہِ ٹیچر۔

باس سُہ چھُ باسان مُنزِم یور۔

روز ژٕ روُدُکھ میون یار۔

زان مےٚ زون سلیم

## 5.4 پوٚت پھیُر (inversions)

کٲشرس منز یوٚ دوَے جملہٕ ترتیب گنڈِتھ چھُ، مگر کتھ باتھِ منز چھُ جملہ ترتیبس منز گُنہِ تہٕ قسمک پوٚت پھیُر ممکن۔ یہ پوٚت پھیُر چھُ اطلاع واتناونس منز جملہ کیٛو جزو منزٕ گُنہِ أکس جزس ژٕر اہمیت دِنہٕ باپت کرنہ یوان۔ پرٛتھ بیانس چھُ مدِ مقابل کانہہ سوال آسان۔ مثلاً:

مےٚ کھیوٚو ژونٹھ ۔ ژےٚ کیاہ کھیوتھ؟

ژونٹھ کھیوٚو مےٚ ۔ ژونٹھ کٔمی کھیوٚو؟

کھیوٚو مےٚ ژونٹھ۔ گو وژےٚ کھیوتھ ژوٹھ۔

شُری چھِ آنگنس منز۔ شُری کتہِ چھِ؟

آنگنس منز چھِ شُری۔ آنگنس منز کم چھِ؟

ساد جملہ کیٛن بیٛون ترتیبن منز چھِ یِم پوٚت پھِری ممکن:

i۔ ب+ک ہ+آس+ن ت

مِ: سیٛزل چھُ یہِ شُر۔

ii۔ آس+ک ہ+ن ت+ب

مِ: چھُ یہِ شُر سیٛزل۔

iii۔ ل ب+ک ہ+آس+ن ت

مِ: آنگنس منز چھِ شُری۔

iv۔ ن ت 1 +ک ہ+آس+ن ت 2

مِ: کمینہٕ چھُ چون یار۔

v۔ ک ت (اَتری)+آس+ن ت

مِ: کران چھُس بہٕ محنت......!

vi۔ ن ت 2+ک ہ+ک ت (تٔری)+ن ت 1

مِ: بأتھ چھُ گیٛوان سُہ!

vii۔ ک ت (تٔری)+ک ہ+ن ت 1+ن ت 2

مِ: ہیچھان چھس بہٕ سبق۔

viii۔ن ت[3]+ک ہ+ک ت (ثری)+ن ت[1]+ن ت[2]

مِ: پونسہٕ چھےٚ دِوان موج کورِ۔

ix۔ن ت[2]+ک ہ+ک ت (ثری)+ن ت[3]+ن ت[1]

مِ: کورِ چھےٚ دوان پونسہٕ موج۔

x۔ن ت[2]+ک ہ+ک ت (ثری)+ن ت[3]+ن ت[1]

مِ: لیڈر بنوو سُہ لُکو۔

x۔ ک ت (ثری)+ن ت[2]+ ن ت[1]+ن ت[3]

مِ: بنووسُہ لُکو لیڈر۔

xi۔ ن ت[2]+ک ہ+ک ت (ثری)+ن ت[1]+ن ت[3]

مِ: سُہ بنوو لُکو لیڈر۔

xii۔ل ب+ک ہ+ک ت+ن ت[1]+ن ت[2]

مِ: تتہِ باسیوٚ ومےٚ سُہ۔

xiii۔ن ت[2]+ک ہ+ ک ت+ن ت[1]+ل ب

مِ: سُہ باسیوٚ ومےٚ تتہِ۔

بیترِ..................

## 5.5۔ واٹوَن (coordination)

### 5.51۔ تعریف

جملیٚتی سطحس پیٹھ زِ یادوٚیہِ کھوتہٕ زیادٕ آزادانہٕ جُز پانٕونی واٹنس چھِ جملہ واٹون (coordination) ونان۔ یِم آزادانہ جز ہیٚکن لفظ اٚستھ، ترکیب اٚستھ یا جملہ اَڈ اٚستھ۔ مثلاً:

i۔ سلیم، جاوید تہٕ جوہر دراےٚ بازرٕ گُن۔

اَتھ جُملس منز چھِ ترٕے جملہٕ اکھاٚ اَکس ستی واٚٹتھ:

سلیم دراو بازرٕ گُن۔ جاوید دراو بازرٕ گُن۔ جوہر دراو بازرٕ گُن۔

ii۔ رضیہ کھٕژ گاڑِ تہٕ واٚژ شہر۔

اَتھ جملس منز چھِ زٕ جملہ اڈ پانٕونی واٚٹتھ:

رضیہ کھٕژ گاڑِ۔ رضیہ واٚژ گرٕ۔

iii۔ مول دراو کامہ تہٕ نیٚچُو بیوٚٹھ گری۔

اَتھ جُملس منز چھِ زٕ جُملہٕ پانٕونی واٚٹتھ:

مول دراو کامہ۔ نیٚچُو بیوٚٹھ گری۔

یِمن جملن چھُ واٹھ دِوان لفظ[تہٕ]۔

جملن واٹھ دِنہٕ واٚلِس لفظس وَنو واٹُت (coordinator / conjunction)۔

## 5.5.2۔واٹھین ہندی قسم :

کأشرس منز یم واٹھ ورتاونہ یوان چھِ ، تم چھِ یم :

### 5.5.2.1۔ {تہٕ}

{تہٕ} چھُ تیٚلی جملہ واٹنہ باپت ورتاونہ یوان ییٚلہ واٹنہ ینہ والین جملن پانونی کانہہ نتہ کانہہ معنوی یا منطقی رشتہ آسِہ ۔اگر بے ربط جملن {تہٕ} ستی واٹھ دمَو، اکھ بے معنی جملہ بنہ یُس دوَے گرامرِ اعتبارٕ یہ باقاعدٕ تہ آسِہ ۔مثلاً:

*بہ دراس گرِ نیبر تہٕ کالجن منز چھِنہٕ ٹیچر پرناوانے۔

*رب ؤڑھ تہٕ روٗدپیٚو و۔

اگرٕ یا دوٕیہِ کھوتہٕ زیادٕ چیز یا شخص أکی ہے عملہ منز یا حالژ منز آسن، تمن چھُ {تہٕ} ستی واٹھ دِنہٕ یوان۔مثلاً:

کتاب تہٕ کاپیہِ چھےٚ صوندوقس منز۔

یتھین جملن منز چھُ کراوت واٹنہ آمتس قریبی ناوتس ستی تعداد، جنس تہ کیسہٕ رنگی ہشر ن تھاوان۔مثلاً:

تمی کھیٚیہِ اکھ ژوٗٹ، زٕ ٹھوٗل، تہٕ اکھ ٹنگ۔

اکھ کاو، زٕ کوتر تہٕ ژور ہارِ ژجہِ پشہِ پیٹھی۔

وون گوٚ واگر واٹنہٕ آمتی ناوتی اکوے اکھنڈ ترکیب بناوان آسن، کراوت چھُ جمع ہشر ن ہاوان۔

مِ: سُہ تہٕ سوچھِ بێنہٕ بأے۔

زِیادوِیہ کھوتہٕ زیادٕ ناوٕتی ترکیب یێلہِ {تہٕ} ستی واٹنہٕ چھِ یوان، سطحس پێٹھ چھُ یہ دون ناوتین ہُند واٹھ باسان۔ مثلاً:

سلما تہٕ سلیم گۆو سکول۔

مگر یہ چھُ دون جُملن ہُند واٹھ : سلما گیہِ سکول۔ سلیم گۆو سکول۔

واٹون سپدنہ باپت چھُ یمن دون جملن واریاہ تغیر سپدان۔

واٹون چھےٚ تمہِ ساتہٕ تہٕ روا یێلہِ زِیادوِیہ کھوتہٕ زیادٕ چیز یا شخص أکی ہے حالژ منز آسن مگر مختلف عملن منز آسن آوری۔ مثلاً:

رۄداوس پێوان، گگرایہِ آسہٕ گرٕ ھان تہٕ بہ دراس نہٕ بسترس منزٕ ے۔

واٹونہ منز چھِ دۆیمس جملڈس منز تم ساری لفظ چھونان یم مارفیمیأتی تہ معنوی سطحس پێٹھ گوڈنکس جملڈس منز آمتی آسن۔ نتہٕ ہیکہِ مغالطہٕ سپدِ تھ۔ مثلاً:

صأبہٕ ووت سُلی تہٕ لۆگ کامہِ۔

امہ بدلہ اگر ونو:

سُہ ووت سُلی تہٕ صأبہٕ لوٚگ کامہِ۔

اَتھ نیرِ نہ سُہ معنی یُس گوڈنکس جملس اوس تکیاز [سُہ] ہیکہِ بێیہ کانہہ أستھ۔

{تہٕ} چھُ جملہ واٹونہِ منز تێلی ورتاونہ یوان یێلہِ دۆیم جملہ واقعأتی طور گوڈنکہ جملکہ واقعہک نتیجہ آسہِ۔ مثلاً:

تس لۆگ دَب تۄ پھٹس ئر۔

رُوٗدپیۆو تۄ رَب وٗ ژھ۔

{تۄ} چھُ تیٖلہ تہِ روا ییٖلہِ وٹوٗنہِ منز دون جملڈن منز بٔین آسہِ۔ مثلاً:

ژٕ چھکھ تھٔز تۄ ہُہ چھےٚ ژھوٚٹ۔

بہ درایوس سُلی تۄ ووٗتُس ژٕپری۔

اتُر کوٗ رُتھ ژٕےٚ تۄ الزام لوٚگ مےٚ۔

یتھٔین جملن منز ہیکو {تۄ} بجایہِ بیا کھ واٹُت [مگر] تہِ ورتاٮ۪وِتھ۔ بناونہ آمتٔین جملن منز گژھِ سیاقہٕ رنگی کانہہ جوازیت آسنی، نتہٕ بنہِ جملہ بے معنی۔ مثلاً:

* ژٕ چھکھ ژھوٚٹ تۄ بال چھُ بوٚڈ۔

{تۄ} چھُ تیٖلہِ تہِ روا ییٖلہِ دوٚیم جملڈ گوڈنکس جملڈس منز باونہ آمتس پزرس پیٹھ کانہہ راے ہاوان آسہِ۔ مثلاً:

سو چھےٚ گیوان تۄ گیوان چھےٚ سارنے ہندِ کھوتہٕ زبر۔

سُہ چھُ میون یار تۄ آدنک یار۔

سُہ گوٚو امتحانس منز فیل تۄ یہ چھنہٕ کانہہ نوٚ کتھ۔

ژٕےٚ ژھوٚنتھ سوٗرٕے وٗنتھ تۄ یہ گوٚو نہ جان۔

{تۄ} چھِ تمہ وِزِ تہِ ورتاوان ییٖلہِ دوٚیم جملڈ تیٚتھ کانہہ واقعہ باوان آسہِ یٚیمیگ گوڈنکس جملڈس منز باونہ آمتہ واقعہ مطابق توقع آسی نہ۔ مثلاً:

ژ ہے وُنہٕ لوکٕٹ چھکھ تہٕ یہ ماشوٗبی ژ ے۔

{تہٕ} چھُ ورتاونہ یوان ییلہِ گوڈنیک جملہ دۄیمہ جملڑ باپت شرط ہاوان آسہِ۔

گرٕ ڈھ تہٕ وُچھ پانٕے کیاہ سپُد۔

محنت کر تہٕ گرٕ ڈھ پاس۔

بعضے ہیکہِ دوشوٕنی واڑوٕنی جملڈن ینہٕ کالُک ساخت اَسِتھ مگر معنی ہیکیکھ از

کالُک تہِ اَسِتھ۔ مثلاً:

یُتھ ووکھ تہٕ تیُتھ لونگھ۔

بعضے ہیکہ دون واٹوٕنی جملڈن پتھ کالُک ساخت اَسِتھ، مگر مطلب آسیکھ ینہٕ

کالُک۔ مثلاً:

موڈس نِش توٚرُکھ سڑکہ اپور، تہٕ ووتکھ تِہند۔

{تہٕ} ہس ستی چھُ گُنہِ {بێیہِ} جورنہٕ یوان، خاصکر تتھ ییلہ دۄیم جملڑ

گوڈنکس جملڈس منز ظاہر کرنہ آمتس بیانس کانہہ ہُریر کران آسہِ یا آسہِ تتھ

تقویت دِوان۔ مثلاً:

سُہ چھُ رُت مشورٕ دوان تہٕ بێیہِ چھُ مدد تہِ کران۔

مُنی چھےٚ پران تہٕ بێیہِ چھےٚ شامن شامن یندرتہِ کتان۔

{تہٕ} چھُ گُنہِ حیرت یا کانہہ نوٚن پزر باونہٕ باپت تہ ورتاونہ یوان۔

اسونٕے تہٕ لسوکتھ!

مےٚ میوٗل انعام تہٕ گوٚ ژھُم نامیلُن !

مےٚ چھُ سُہ خوش کران تہٕ گوٚ ژھُم ناکرُن !

{تہٕ} چھُ ورتاونہٕ یوان ییٚلہِ لوکٕٹ لوکٕٹ واقعہ رٕلتھ بوٚڈ واقعہ بناوان آسن:

راجن ٹُل بیگ، سلیمن تُجہِ کُرسیہٕ، گاشن ٹُل خیمہٕ، جوٲہرن تُج ناو تہٕ

یوٚ تام سورُے سامان دریاوِ بٲٹھِس پیٹھ ووت۔

مےٚ بوٗز کریکھ، دٲرِ مژ رٲوِم، لرِ مکانس وُچھُم دٕہ ووتھان تہٕ کوٚرُم

فایر برگیڈ والین فون۔

{تہٕ} ہیکہِ أکِس بیانس تہٕ سوالس ، دون سوالن، دون ہدایتی جملن

یا أکِس سادٕ جملس تہٕ أکِس مِلونٕی جملس تہِ وٲنٛتھ:

ژٕ نَے تور گوکھےٚ تہٕ اپُز کیازِ وٚنُتھ؟

ژٕ وَنتم ناو کیاہ چھےٚ تہٕ کتہِ آکھ تہٕ گژھُن کوٚت چھےٚ گژھُن؟

ژٕ ووتکھ ژیرِ تہٕ ووٚنی کرتہٕ وُژھ وُژھ کأم۔

تُمی دِیتنم نیب تہٕ ژھاران لوٚب مےٚ سُہ گرِ یتھ آنگنس منز

بونی چھےٚ۔

5.5.2.2 یا...... ؛ ...... نتہٕ ؛...... کِنہٕ

i۔ {یا} تہٕ {تہٕ} چھُ ہکی پأٹھی دون ہم درجہ جملن واٹون کرِتھ تمن جُملڈ بناوان۔ واٹونہٕ منز شأمِل دون جملن گژھِ لازِماً نوٚن معنوی ہشر آسُن نتہٕ بنہٕ واٹونہٕ ستی بنیومُت نوٚو جملہ بے مطلب۔ مثلاً:

ژٕ گری زِمے شامن فون یا گری زیم اپمیل۔

اگرنہٕ دون جملن پانونی ہشر آسِہ، نوٚو جملہ بنہٕ یتھ ہیوٚ۔

* بہ گژھہٕ یہس لندن یا چھےٚ پھر ستس پیٹھ گانٹھ ہتھ۔

{یا} بجایہِ ہیکو کُنہِ {نتہٕ} ورتأوِتھ۔ {یا} تہٕ {نتہٕ} چھِ ہم معنی بنان۔ فرق چھےٚ یہ زِ {نتہٕ} چھُ منفی واٹُت۔

ژٕ گری زِمے شامن فون نتہٕ گری زیم اپمیل۔

{نتہٕ} چھُ مطلب تھوان ''ورنہ'' تہٕ یہ چھُ لگہٕ بأش۔

(وچھِو ''لگہٕ بأش''۔)

از پیٚیہِ روٗد نتہٕ پیٚیہ شین۔

محنت کر نتہٕ گژھکھ فیل۔

بچہ کٔدلس ترٕوٗن تھٔوِ زِ ہوش نتہٕ گوٚھکھ پیٚر۔

تیم نتہٕ ہے مارس پان۔

یتھین جُملن منز چھُ {نتہٕ} شرط ہاوان تہٕ اِوکنی چھُ یہِ لگہٕ بأش۔{نتہٕ}

چھُ اکہِ لگہٕ باشہِ رٔنگی جملس گوڈے لگان۔

نتہٕ کُس تورِ کوٚ رُتھ ژے زِتس چھکھ ہیڈان۔

{یا} تہٕ نتہٕ چھِ ورتاوس منز بعضے جورِ واٲتی بنان۔ {یا} چھُ گوڈِ یوان تہٕ {نتہٕ} پتہٕ۔ {یا}.........{نتہٕ}

یا مانگھ میون نتہٕ تلھم بٔی توس ٹلان۔

یا روز کھ پیٚتی نتہٕ کیاسہ گوٚ ے ژیر۔

{کنہٕ} چھُ {یا} ہکی پأٹھی واٲتت ہُنتھ متبادل صورت ہاوان۔ یہ ہیکہِ دون ساد بیانن، أکس بیانس تہٕ أکس سوالس، أکس حُکمس /عرضس واٹون گرِتھ:

ژٕ گر کمپیوٹرس پیٹھ کأم کنہٕ بہٕ کرِ پانٔے۔

سُہ آو پیدل کنہٕ سکوٹرس پیٹھ!

ژٕ نیر سُلی کنہٕ لتس پرارکھ؟

ژٕ بناوکھا چاے کِنہٕ بہٕ بناوٕ پانٔے؟

لہجہ بدلاونہٕ سیتی ہیکن {کنہٕ} واٲلی جملہٕ سوال تہِ بُنتھ۔

{یا}، {نتہٕ} تہٕ {کنہٕ} چھِ دون ہم مرتبہ ناوٕتی ترکیبن تہِ واٹون گرِتھ:

راجہ یا گاشہِ یا سلیم ہیکہِ یہ کأم گرِتھ۔

ژٕ یا بہٕ گوھوا ضرور تور واتی۔

بہ موکلاوِ از پننِ کأم یا/ نتہٕ دفترٕچ کأم۔

سلیم کنہٕ اسلم وُچھ مےٚ نتہٕ۔

ییٚلہِ {نتہٕ} أکِس ہدایتی یا حُکمی جملس نتیجہ یا امکان ہاون وألِس جُملس ستی واٹون کران چھُ، دوٚیمہِ جُملُک کال چھُ ییٚنہٕ کال روزان تہٕ لفظہٕ ترتیب تہِ چھُ بدلان۔ یہِ چھُ بنان:

ک+ کراول+مفعول

↓↑ ↓↑ ↓↑

تموک چیوٚن تراو نتہٕ کھییٚکھ (ژٕ) افسوس۔

دوٚیم جُملہٕ ہیکہ اکوے لفظ تہِ أستھ ییتھ منز مار فیمیأتی میٖل کراولس تہٕ مفعولس ستی ہشرن چھُ ہاوان۔ مِ:

امہِ نشہِ ہےٚ لوٚب، نتہٕ پچھتاوکھ۔

{یا}، {نتہٕ} تہٕ {کنہٕ} چھِ ورتاونہٕ یوان ییٚلہِ گوڈنکس جُملس منز کانہہ شک ہاونہٕ آسہِ آمُت، تہٕ دوٚیم جملہ آسہِ بدل کُنہِ امکانس کُن اشارٕ کران۔

سُہ چھُ ساد کِنہٕ لاگان چھُ:

سُہ چھُ ساد یا چھُ لاگان۔

سُہ چھُ ساد نتہٕ چھُ لاگان۔

### 5.5.2.3 مگر / ووں گو

i۔ دون متضاد پزرن واٹون کرنہٕ باپت چھ أسی ووں گو یا مگر ورتاوان:

سُہ چھُ غریب مگر چھُ ایماندار۔

سُہ چھُ غریب ووں گو چھُ ایماندار۔

بہ پرار یوسے مگر ژٕ آکھے نہٕ۔

کأتیاہ حکومت بدلیہٕ، مگر بجلی ہنز ویٛژھ ژٕج نہٕ زانہہ۔

{ گر/ ووں گو} بدلہٕ ہیکو أسی گنہٕ گنہِ {توتہِ} یا {تہِ گرِتھ تہِ} لگہٕ بأش

واٹئی (conjuncts) ورتأوِتھ۔ مِ:

سُہ چھُ یوان ژٕیرِ، توتہِ/تہِ گرِتھ تہِ چھُ پننی کامہِ ہن کران۔

ii۔مگر/ ووں گو چھُ دون مخالفانہٕ پزرن تہِ واٹونہِ منزانان:

أسی دراےیے سأئس مگر ہِتی وولُن روٗد۔

شُری وأتی وقس پیٹھ، مگر سکول بس أس بروٗنٹھے دراہمو۔

ژٕےٚ ہباہ تگی زانُن، مگر ییٚلہٕ ژٕیرآسہِ گوٚمُت۔

مگر/ ووں گو بروٗنٹھ چھُ ژٕھٔین ہاونہٕ باپت چھُ لیکھنس منز کاما (،) ورتاونہٕ یوان۔

### 5.5.2.4 تہٕ ...... تہٕ

تہٕ ...... تہٕ چھُ جورٕ واٗلُت۔ یہ چھُ تیٖلہِ ورتاونہٕ یوان ییٖلہِ دون جُملن منز باونہٕ کتھِ منز قریبی ہشر آسہِ۔ بعضے ہیٚکہِ دوٚیمہِ جملچ کتھ گوڈنکہِ جملچہِ کتھِ ہُند حصہٕ اَستھ۔

تٕمۍ لیوٚکھ باٗتھ تہٕ گیوٚوُن تہٕ۔

مگر عام کتھ باتھِ منز چھُ تہٕ ...... تہٕ جورٕ واٗتس ستی جملڈس پتہٕ {تہٕ} لگان:

تٕمۍ گیوٚو تہٕ نوٚژُن تہٕ۔

تس چھُ ازروُن تہٕ کبر تہٕ۔

تمہِ روٚن تہٕ شیوٚرُن تہٕ۔

کوٚرِ اٗس اسان تہٕ ودان تہٕ۔

انہٕ ییہِ جانہٕ تہٕ راجہ تہٕ۔

### 5.5.2.5 نہٕ ...... تہٕ نہ

یہ جورٕ واٗلُت چھُ تمہِ ساعتہٕ ورتاونہٕ یوان ییٖلہِ دون نکاٗرۍ جملن واٹون سپدان آسہِ۔ ژ نکاٗرۍ جملہِ ہیٚکن یا تہٕ گُنہِ نکاٗرۍ کتھِ ہُریٖر کرنہٕ موکھہٕ یا زور دنہٕ موکھہٕ واٹونہِ منز یتھ۔

نہ چھُ سُہ پانہٕ کاٗم کران تہٕ نہ چھُ بیٚین کرنہٕ دوان۔

نہ ترِتس کتھ فکرِ تہٕ نہ چھُتس امیک ضرورت۔

اگر واٹونہِ منز آمتین دون جُملن ہنز کراول کتھ گُنی آسہِ، دوٚیمہ جملُک چھُ روزان کراولے یوت۔ باقی جُز چھِ چھونان۔

نسیمن کوٚر نہٕ سران۔+ سلیمن کوٚر نہٕ سران۔☜

نہ کوٚر نسیمن سران تہٕ نہ سلیمن۔

مےٚ وٚون نہٕ جوہرس۔+ مےٚ وٚون نہ راجس۔☜

نہ وٚون مےٚ جوہرس تہٕ نہ راجس۔

تمی ہیوٚ چھ نہ پرُن۔+تمی ہیوٚ چھ نہ لیکھُن۔

نہ ہیوٚ چھ تمی پرُن تہٕ نہ ہیوٚ چھُن لیکھُن۔

## 5.5.3 واٹونہٕ تغیُر

واٹونہِ عملہِ منز چھِ کینہہ جملیاتی تغیر ضروری۔ یم تغیُر چھِ:

### 5.5.3.1 چھوٚنیر

یِیلہِ دون جُملن ہندِس سطحی ساختس منز واریاہ جُز مشترک آسن، دوٚیمہِ جُملکی تم جُز چھِ چھونان تہٕ یہِ چھُ جملڈ بنان۔

تم کرن ازفون۔ تم کرن پگاہ فون۔☜

تم کرن از تہٕ پگہہ فون۔ یا

تم کرن ازتہِ فون تہٕ پگھہ تہٕ۔

تٔمی ہیٚژ کتاب۔+تٔمی پٔر کتاب۔ ←

تٔمی ہیٚژ کتاب تہٕ پٔرن۔

اگر دون جُملن ہُند فاعل تہِ کُنے آسہ تہٕ پوٚرٕ ونہ مختلف آسن، واٹونہِ منزٕ چھِ دوٚیمہِ جُملک فاعل یا کراول چھونان۔ تہٕ پوٚرونہٕ چھےٚ {تہٕ} ستی جورنہٕ یوان۔

شُر چھُ خوبصورت۔+شُر چھُ سیٚزٕل۔ ←

شُر چھُ خوبصورت تہٕ سیٚزٕل۔

کأشرس منز چھِ وار یاہ کراوِتی تم یم صوتیاتی سطحس پیٹھ ہوی چھِ مگر معنیاتی سطحس پیٹھ چھِ مختلف۔ مثلاً: گرٕھ، پےٚ، ہےٚ، بیترِ۔ معنیأتی سطحس پیٹھ مختلف کراوِتی وألی جملہٕ ہیکن نہ واٹونہٕ یتھ۔ مثلاً:

سُہ گوٚو پاگل۔

سُہ گوٚو ہسپتال۔

أسی ہیکو نہ وٕنتھ:

* سُہ گوٚو پاگل تہٕ ہسپتال۔

تٔمی ہیوٚت پرُن۔

تٔمی ہیوٚت مال۔

أسی ہیکو نہٕ وٕنتھ:

* تمی ہیوٚت پرُن تہٕ مال۔

بُڈ پیوٚو پتھر۔

بُڈس پیوٚو بٹو۔

أسی ہیکو نہٕ وٕنتھ:

* بُڈ پیوٚو پتھر تہٕ بٹو۔

اگر دوٚیمس جُملس منز کانہہ ناوتی ترکیب کیسہٕ رٕنگی گوڈ نکہِ جملہٕ نِشہِ مختلف آسِہ، نہٕ ہیکون نہ ترأوِتھ۔ مِ

اسلم چھُ لڑایہِ گوٚر۔

اسلمس چھِ ساأری نفرت کران۔

أسی ہیکو نہٕ وٕنتھ:

اسلم چھُ لڑایہِ گوٚر تہٕ ساأری چھِ نفرت کران۔

بلکہ چھُ دوٚیمہِ جملُک "اسلم" مناسب شخصہٕ پرناوتہٕ سِتی کیسہٕ لگِو لأرِگتھ بدلاونہٕ یوان۔

اسلم چھُ لڑایہِ گوٚر تہٕ ساأری چھِ تس نفرت کران۔

یا چھُ کراوِتس شخصہٕ تہٕ کیسہٕ مطابق مارفیمیأتی بدلاو سپدان۔

اسلم چھُ لڑایہِ گوٚر تہٕ ساأری چھِس نفرت کران۔

## 5.5.3.2 ترتیبہٕ بلاو

واٹونہِ منز چھُ دوٚیم اہم تغیر ترتیبہٕ بدلاو۔ اَتھ منز چھُ نہ صرف لفظہٕ ترتیب بدلان بلکہ چھُ کراوتس تہٕ پرناوِتس تہِ کیس ، تعداد، جنس تہٕ شخصہٕ مطابق صوتیاتی - مارفیمیاتی بدلاو یوان ۔عام، ساد، اعلأنی جملُک لفظہٕ ترتیب چھُ :

فاعل/کراول+ کراوِتی ترکیب+/پوٚرِوُن/مفعوٗل

یێلہِ ژَن واٹونہِ منز یہِ بنان چھُ:

کراوِتی ترکیب+ فاعل/کراول+ /پوٚرِوُن/مفعوٗل

شبیرن پوٚر اخبار تہٕ وُچھِن فلم۔

سہٕ کھێیہِ ژوٚٹ یا کھێیہِ (سُہ) بِسکٹ۔

أسی گوٚھو سأئلس تہٕ بێیہِ کروأسی پٔنٕز کأم۔

یا ہێیہِ سُہ سکوٗٹر نتہٕ ہێیہِ (سُہ) کار۔

نہ چھُ سُہ رُشوت رٹان تہٕ نہ چھ دوان سُہ کأنسہِ رٹنہٕ۔

واٹونہِ ہندی یم زِ تغیر ہاوِ ییمہِ گلی شکلہِ ستی :

یورِدیُت: شُر یو روٚٹ کمپیوٹر۔+شُر ژو ہیوٚ چھ کمپیوٹر۔

اورِدیُت: شُر ژو روٚٹ کمپیوٹر تہٕ ہیوٚ چھکھ۔




بوُلُن اَسی تن یا لیکھُن ، کاشرس منز چھِ جملیاتی واٹنیہِ ہندی بسیار طریقہ یم زبان ورتاون وول سیاقہٕ مطابق بےٚ شوٗنکھی پاٗٹھی کامہِ لاگان چھُ ، مگر یمن سارنی طریقن ہُند بنیاد چھُ مقررٕ جملیاٗتی قاعدو مطابق سپدان یمن ہنز سرسری وِشھنے یتھ بابس منز سپز۔

## 5.6 جملہٕ مِلون (subordination)

جملہٕ مِلون وَنو تتھ جملیاتی عملہ یتھ منز اکھ زیادٕ جُملہٕ بیٚیس جُملس منز تتھ پأٹھی ملونہٕ یِن زِ سُہ جملہٕ یا تم جملہٕ بنن تابع جملڈ، تہٕ یتھ جملس منز تم سیٚدن تتھ وَنو راے جُملڈ (Principal Clause)۔ امہِ اعتبارٕ چھُ نہ مِلونہٕ پتہٕ جُملن ہُند ہُدٕ (status) مساوی روزان۔ یہَے چھےٚ جملہ واٹونہٕ تہٕ جملہٕ مِلونہٕ پانونی فرق۔

کأشرِس منز چھِ جملہٕ مِلونہٕ ہندی واریاہ قسم۔ کیٚنہہ اہم قسم چھِ:

i۔ حوالہٕ ناوٕناونے (Relativization)

ii۔ پوٗرٕ وَنہٕ ناونَے (Complementation)

iii۔ لگہٕ بأش جُملڈ (Adverbial Clause)

ییٚتیٚن ہیٚمو أسی جُملہٕ مِلونہٕ ہندیٚن ہیٚری میٚن ترٚین اہم قسمن ہناہ ویستارٕ سان سام۔

### 5.6.1 حوالہٕ ناوناونے (relativization)

حوالہٕ ناوناونے چھےٚ بولنس تہٕ لیکھنس منز جملہٕ مِلون کرنٕک اکھ اہم تہٕ عام طریقہ۔ یہٕ دوٚے امیک جملیاتی توضیح پیچیدٕ چھُ، مگر کأشُر بولن وول چھُ آسانی سان ورتاوان۔

حوالہٕ ناوناونے وَنو تتھ جملیٲتی مِلونہٕ یتھ منز حوالہٕ پرناوٗت ورتاونہٕ آیہٕ آمٕت۔ کأشرِس منز چھِ واریاہ حوالہٕ ناوٕتی تہٕ پرٕیتھ کانہہ حوالہٕ ناوٗت چھُ

/ے/ ءستی شروع گژھان۔ مِ: یُس، یم، یمہٕ، یمو، تِیٚمس، یپأری، یکُن، ییلہِ،
ییتر۔

(وچھو: حوالہٕ پرناوُت)۔ مِ:

ژٕ زانہٕن سُہ نفر یُس از صُبحاے مےٚ سمکھو یوو۔

یِس نہ کمپیوٹر تگان آسِہ، سُہ ہیکہِ نہٕ یِیٚتہِ یور علم حاصل کٔرِتھ۔

ژٕ نیرتہ پأری یپأری آکھ۔

ہُہ مند چھُوٗن لڑکہٕ تیٚمی بأتھ گیوٚو تٕمی زیون انعام۔

حوالہٕ ناوہِ منز چھُ مِلونہٕ ینہٕ والہِ جُملُک سُہ ناوتی ترکیب حوالہٕ پرناوتس منز تبدیل سپدان یُس راے جملڈس منز ورتانہٕ آمتس ناوتی ترکیبس کُن حوالہٕ آسِہ۔ یہِ حوالہٕ پرناوُت چھُ تابع جملڈس بُتھِ لگان تہٕ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ راے ناوت روزان۔ یہِ حوالہٕ ناوہٕ آمُت جملڈ چھُ راے جملہٕ کِس ناوتی ترکیبس منز داخل سپدِتھ جاے رٹان؛ کراوتی ترکیبس منز نہ ہرگز۔ مِ:

یورٕ دیُت :

i۔ ہُہ لڑکہٕ چھُ مند چھُوٗن۔

ii۔ ہُمی لڑکن گیوٚو بأتھ۔

iii۔ ہُمی لڑکن زیون انعام۔

یمن تریشوٕن جُملن منز چھِ گوڈنکی زٕ أکی ہے لڑکس متعلق تہٕ اوٗکنی ہیکو کھ رلأوِتھ:

ہُمی مند چھوٗنی لڑکن گیٚو و بأتھ۔

ترٚیُم جملہٕ کھسہِ امی جملہٕ کِس فاعلی ناوِتی ترکیبس منز △ جملہٕ ہٕنتھ تہٕ بنہ حوالہٕ ناونہ جملڈ۔

اورٕ دیُت:

ج{ن ت(ب[مند چھوٗ ن] +ن [لُڑکہٕ]+[△ ج] +ک ت[ڈک [پَتھ کال]+ک[زین]+ن ت[انعام])}

یہَے ترکیب ساخت ہیکون یٚیمہِ گلہِ شکلہِ ستی بہتر پأٹھی ہأوِتھ:




ج{ن ت(ب[مند چھوٗ ن] +ن [لُڑکہٕ]+[△ ج] +
ک ت [ڈک [پَتھ کال]+ک[زین]+ن ت[انعام])}

ہٗہ مند چھوٗن لڑکہٕ تیمِس بأ تھ گیوٚ وتھٕ زیون انعام۔

لفظہٕ ترتیب: ن ت1+ ن ت2+ ک+(ڈک=کال)

اصول: [ / ے / ...... ⇆ ...... /س/ ......]

[ / ے / ...... ⇆ ...... /ت/ ......]

حوالہٕ ناوِنہٕ جملڈ ہیکہِ راے جملہٕ کس مفعولی ناوِتی ترکیبس منزٕ تہِ اُستھ۔ مِ:

مےٚ پٔرسو دلیلہ کتاب یوسہٕ ژٕ ے مےٚ دِژٕ تھ۔

امہِ جملُک ترکیبہ ساخت چھُ:

ج{ن ت1+ک ت(ڈک +ک)+ن ت2( کتاب)+△ ج [ ( +ن

ت3 +ن ت2 +ن ت 1)+ک ت( ک +ڈک=کال)]}

گُلہٕ شکل:



أسی ہیکون تاکید کہِ غرضہِ حوالہٕ ناوٕنہٕ ناوتی ترکیب مِلون جملہٕ کِس گوڈس پیٹھ تہِ نتھ۔ م:

یِمی لڑکن کار ژوٗرِ أس نمٕ سُہ (لڑکہٕ) روٗٹ لُکو۔ ر

سُہ لڑکہٕ روٗٹ لُکو یِمی کار ژوٗر نمٕ أس۔

یِپأری سُہ گرٕ تِپأری گرٕ بہٕ۔ ر

بہٕ گرٕ تِپأری یِپأری سُہ گرٕ۔

یوٗ تام نہٕ سُہ ییہِ توٗ تام نیرِ نہٕ سو۔ ر

سو نیرِ نہٕ توٗ تام یوٗ تام نہٕ سُہ واتہِ۔

یُس یِنُن اوس سُہ آوٕ نہٕ۔ ر

سُہ آوٕ نہٕ یُس یِنُن اوس۔

یُس گُلاب تازٕ پھوٗلمُت آسہِ مےٚ گرٕ سُے گلاب۔ ر

مےٚ گرٕ سُے گلاب یُس تازٕ پھوٗلمُت آسہِ۔

کأشرس منز چھُ ریتھ کُنہِ حوالہٕ پرناوتس مدِ مقابل ہاوَن پرناوٗت۔ یُس < سُہ ؛ یوسہٕ < سو؛ یِم < تِم ، یِمو < تِمو؛ یِمن < تِمن؛ یِپأری < تِپأری؛ یِتھ < تِتھ؛ یِیلہِ < تیلہِ؛ یوٗ تام < توٗ تام؛ یِہ < تہِ ...... بیترِ۔ سأری حوالہٕ پرناوٕتی چھِ /ی/ سِتی بنان۔ {وچھو پرناوٗت}

عمومی اصول : [ /ی/...... ⇆......./ت/......]

حوالہٕ ناوُت ہیکہِ تیلی جملیٲتی کٲم دِتھ یێلہِ مِلوٕنہٕ جملس منزٕ اکوے ناوِتی ترکیب آسہِ، نتہٕ بنہِ جملہٕ مبہم یا غلط۔ مثلاً:

''محمد سُلطانن اوس رۆچھمُت اکھ ہوٗن تیٚمی نوِ کالنیہ منزٕ نۆو و نۆوٕ ے مکانہٕ اوس بنوومُت۔''

(اختر محی الدین: مُتی گتھ)

اَتھ جملس منز چھِ زِ ناوِتی ترکیب: محمد سلطان تہٕ ہوٗن۔ مگر تابع جملڈس منز چھُ اکوے حوالہٕ پرناوُت۔ نوِ کالنی منز بنوواہ نۆو نۆوٕ ے مکانہٕ محمد سلطانن کنہٕ ہونی؟

کینژن سیاقن منز چھِ أسی اکی ناوِتی ترکیبہٕ باپت زِیادٕ وِہ کھوتہٕ زیادٕ حوالہٕ پرناوِتی ورتاوان۔ مِ:

یہِ چھےٚ سوناول یوسہِ مےٚ ازتام ترٚیہِ پھِرِ پٕرمٕژ چھےٚ، (تہٕ) تیٚمہِ بہٕ متاثر چھس کۆرمُت تہٕ یوسہِ ژےٚ تہِ پٕرنی پزی۔

## 5.6.2 پۆرِ ناوِنۍ (complementation)

### 5.6.2.1 تعریف

پۆرِ ناوِنۍ چھےٚ سو جملیاتی عمل یٖمہِ ستۍ أسۍ اکھ جملہ بێیہِ جملہِ کِس کراوِتی ترکیبس منز ضم گٔرِتھ ہیکون۔ امہِ باپت چھُ {زِ} ورتاوِنہٕ یِوان۔ م:

یہِ چھُ ممکن زِ از بێیہِ روٗد۔

تمۍ دوٗپ زِ مےٚ چھُنہٕ صبح پێٹھ کٲنٛہہ کھیوٚمُت۔

وٕوں گوٚو {زِ} ہُک ورتاو چھُ اختیٲری، جملہٕ ہیکہِ امہِ روٗس تہِ أسِتھ۔

پۆرِ ناوِنہٕ آمتہِ جملڈُک تعلق ہیکہِ یا تہٕ فاعلس/کراولس ستۍ أسِتھ، نتہٕ مفعولس ستۍ:

فاعلہٕ پورِ ناوِنۍ:

یہِ چھُ پۆز زِ سُہ چھُ گاٹُل۔

اَتھ جملس منز چھُ "یہِ" لفظ فاعلُک کٲم دِوان۔ أسۍ ہیکو یہَے کتھ یتھہِ پٲٹھۍ تہِ وٕنِتھ:

یہِ کتھ زِ سُہ چھ گاٹُل چھےٚ پۆز۔

مفعولہٕ پورِ ناوِنۍ:

مےٚ وۄنمس زِ کٲم کر جلد پۆرٕ۔

اَتھ جملس منز چھ پۆرِ ناوِنہٕ آمُت جُملڈ وَن کراوتیک مفعول۔

اکثر اَثری کراوتین چھےٚ نہٕ پورٕ ناوٕنے سپدان۔ مثلاً اُسی ہیکو نہٕ وٕنتھ:

تمہِ پوٚر زِ ......اسہِ نوٚ ژزِ......

مگر کینٛژن صورتن منز ہیکو کھ تتھی کراوٕتی تہٕ پورٕ ناوٕنے باپت ورتاٲوِتھ۔ مِ:

اسہِ نوٚ ژزِ شین پیوٚو۔

تمہِ وٚود زِ فیل کیا زِ گیس۔

## 5.6.2.2 پورٕ ناوٕنے ہندی قسم:

پورٕ ناوٕنے چھےٚ ژورن قسمن ہنز:

### 5.6.2.2.1 ۔آسن پورٕ ناوٕنے:

یہِ پورٕ ناوٕنے چھےٚ ''آس'' یا ''گژھ'' کراوتین پتہٕ سپدان۔ مِ:

شُری چھِ خوش زِ ازٕ گرٕکھ چھُٹی۔

سُہ گوٚو ناراض زِ بہٕ ووٚتُس ژیری۔

ا ۔کالہٕ ہاو پورٕ ناوٕنے:

تابع جُملہٕ چھُ اکثر کُنہِ باوتہِ پتہٕ یوان۔ کیٛنہہ عام باوتی چھ: خوش، ناراض، حاٲران، پشیمان، پریشان۔

لُکھ اُسی خوش زِ اوبرُ ژوٚل۔

اُسی چھِ پشیمان زِ اِسہِ توٚگ نہٕ سُہ زانُن۔

سوٗ اُس پریشان زِ لُکھ کیاہ ونن۔

بعضے چھُ باوتہِ بدلہٕ {-مُت} کالہٕ کھاولگان۔ مِ:

شُر اوس کھوٗ ژمُت زِ ٹیچر مالایہٕ تس۔

أسی أسی بانبرٕ یمتی زِ تس کیا زِ گوٚ وژیر۔

باوُت اگر ناوتس منز تبدیل کرون، راے کراوُت چھُ "آس" روزان۔ مِ:

مأ لِس اوس فخر زِ تمی سندی نیٚچوی کوٚر کمال۔

اسہِ چھےٚ خوٚشی زِ توہہِ اوٚنوٚ تشریف۔

تمن اُس ناراضگی زِ أسی کونہٕ گے سالس۔

راے جُملڈس ہیکو پوٚت پھیرُ تہِ کرِتھ۔ مِ:

منأسِب روزِ یِی زِ أسی تہِ گژھو سالس۔

خوٚشی چھےٚ یہِ زِ سوتہِ ییہِ پکنِک۔

ممکن چھُ زِ بَس واتہِ نہٕ وقتس پیٹھ۔

پوٚز چھُ یِی زِ أسی چھِ نہٕ مکان یژھان کُنِن۔

۱۱۔ کالہٕ کھاو پورِ ناونے:

تابع جُملڈس منز چھےٚ پورِ ناونے گُنہِ باوتہِ پتہٕ {ےٚ ن} کالہٕ کھاوٕ ستی سپدان۔ مِ:

یہِ سوال چھُ مشکل حل کرُن۔

سُہ چھُ سہل ورگلاوُن۔

یہِ ڈۄن چھُ دۄر پھٹراوُن۔

یہِ کتھ چھنہٕ مشکل زانٛنۍ۔

یہِ دود چھُ مشکل بلُن۔

اَتھ جملیُٲتی ترتیبس منزٕ یم باوٕتی پورٕ ناوِنیہ برونٹھ یوان چھِ تم چھِ سیٹھاہ کم۔ یعنی: مشکل، سہل، دۄر، کریوٗٹھ، تہٕ آسان۔ کالہٕ کھاوِ چھُ مفعول کہِ جنسہٕ تہٕ تعدادٕ بدلان: {ٕ ن}، {ٕ نۍ}، {ٕ نیہِ}، {ٕ نیہِ}۔

کالہٕ کھاو پورٕ ناوٕنے چھےٚ {ٕ تھ} کالہٕ کھاوٕ ستۍ تہِ سپدان۔ مِ:

سوٗگیہِ یتھے ہِش مےٚ وُچھِتھ۔

سُہ چھُ تھوٚکمُت کتابہٕ پٔرِتھ۔

کالہٕ کھاو پورٕ ناوٕنے چھےٚ {ٕ ی} کالہٕ کھاو کہِ دُہراوٕ ستۍ تہِ سپدان۔ مِ:

سُہ چھُ تھوٚکمُت کأم کٔری کٔری۔

سُہ چھُ بیتاب پرٔ اری پرٔاری۔

تم اُسی تمبلے مٕتی وُچھی وُچھی۔

کالہٕ کھاو پورٕ ناوٕنیہِ ہُند ترکیبہ ساخت چھُ یتھٕ پأٹھی:

### 5.6.2.2.2۔ اوٚک ٹٔری پورٕ ناوِنۍ:

یُہ پورٕ ناوِنۍ چھےٚ تِمن کراوتین پتہٕ ممکن یِمن پتہٕ اکوے مفعول ہیکہِ لگتھ۔

مِ:

اِسہِ زون زِ ازگوٚ تھِ ہڑتال۔

مےٚ وُچھ زِ تِمۍ گٔر ٹھُگل۔

### ا۔ کالہٕ ہاو پوٚرٕ ناوِنۍ

اوٚک ٹٔری پورٕ ناوِنیہ منز چھُ اکھ کالہٕ ہاو جُملڈ راے جُملڈ کہِ ٹٔری کراوتیک مفعول بنان:

تمہِ پرُیُژ ہنم سُہ ییا پھیرِتھ۔

اِسہِ چھُ پےٚ زِ تُہی چھِو گاٹلی۔

کاشرِس منز چھنہٕ تابع جملڈُک کال، تہٕ شخص راے جملڈ کہِ کال تہٕ شخصہٕ مطابق بدلان، یِتھٕ پاٹھۍ زن انگریزِیس منز بدلان چھُ۔

تِمۍ دوٚپ اِسہِ زِ بہٕ ہیکہٕ نہٕ توہہ ستی کأم کٔرِتھ۔

تِمۍ دیُت اِسہِ حکم زِ کأم کٔرو شروع۔

{زِ} چھُ محض پورٕ ناوِن جورنہٕ باپت لفظ، اَتھ چھنہٕ کراوتی ترکیبہ کس ناوتس ستی کانہہ مطابقت۔

ج

اِسہِ چھےٚ اُمید (زِ) رٕتی دوہ ہِن بٔیہ۔

ن ت — ڈک — ک ت — پوروٗن

ڈک: کال

ک ت: ر ک

ج: ن ت — ڈک — ک ت

شٲپن: جمع، کراول

ازکال — امید — آس — زِ — رٕتی دوہ — ینہٕ — کال — ہہ — ϕ

بعضے چھُ راے جملڈ ورگہٕ ناونہٕ یوان ییلہِ زَن نہٕ کراول دِتھ آسہِ تہٕ مراد آسہِ ''لُکھ چھِ دپان''۔ مِ:

ونہٕ چھُ یوان زِ کشیر أس گوڑ اکھ بوٚ ڈسَر۔

دپان کشیر أس گوڑ اکھ بوٚ ڈسَر۔

اِسہِ آو پرِ ژھنہٕ زِ سہٕ کتہِ چھُ روزان۔

## ii۔ کالہٕ کھاوِ پوٚرِ ناوِنۍ

اَوک ژٕرۍ پوٚرِ ناوِنیہِ منز ہیکہِ تابع جملہٕ کالہٕ کھاو اَستھ :{......ن}
،{......آن} ، {......مُت} یا {...... ـِتھ} ۔ کالہٕ کھاوۍ چھِ جنس تہٕ تعداد
ہاوان۔ مِ:

تمہِ موٗن یُن۔

سُہ اوس نہٕ یژھان میأنۍ کأم کرٕنۍ۔

اسہِ وُچھ لُکھ دوان۔

تتہٕ وُچھ اسہِ تورٕ دِتھ۔

رازن وُچھ طوطہٕ موٗدمُت۔

اسہِ وُچھ پوشہِ ٹھُر پھوٚجمٕژ۔

مےٚ دوٚپ تس جل جل واپس یُن۔

ژےٚ وُچھ تھس بہٕ پانہٕ کأم کران۔

### 5.6.2.2.3۔ دُژرۍ پورِ ناوِنۍ:

یِتھ پورِ ناوِنۍ چھےٚ تمن کراوِتین پتہٕ ممکن یِمن زٕ مفعول لگتھ ہیکن۔ مِ:

تمۍ وَون مےٚ زِ بہٕ واتہٕ ژیٚرۍ۔

تمہِ پرُیُژھ اسہِ زِ چون ای میل ایڈرس کیاہ چھُ۔

i۔ کالہٕ ہاوپۆرِ ناوٕنے

تمہِ دۆپ اِسہِ زِ بہٕ چھُس نہٕ تس ستی خوش۔

مےٚ کوٚر تس وعدٕ زِ بہٕ پھیرِ جلدٕ ے واپس۔

ژٕ ےٚ پریُٹھ تس زِمیانہِ ناوٕ ماچھےٚ کانہہ چھُٹھی۔

ii۔ کالہٕ کھاوپۆرِ ناوٕنے

مےٚ دۆپ تس ہناہ صبر کرُن۔

تٔمۍ ہیچھنوٗس بہٕ پرُن لیکھُن۔

مےٚ ؤُنی تس گتھ وأتتھ۔

تمۍ کٔرلکن نصیحت پۆز ونچ۔

پرانیو چھُ اِسہِ سبق دیُت مُت مِلٕ ۂ اِرسان روزنک۔

5.6.2.2.4۔ رلہٕ مِلہٕ پورِ ناوٕنے:

یِژھ پورِ ناوٕنے چھےٚ ''زان''، ''ژین'' تہٕ ''باس'' کراوتین پتہٕ ممکن۔ مِ:

تس باسیو کھٕ ژچور۔

تمہِ زوٗنس بہٕ یمہٕ ووٹہِ۔

مےٚ ژیون زِ تس چھُنہٕ غرض۔

یِژھِ پۆرِ ناوٕنیہِ منز چھُنہٕ کالہٕ ہاوتہٕ کالہٕ کھاو تابع جملن ہنز فرق۔

## 5.6.2 - لگہٕ بأش جُملہٕ (Adverbial Clauses)

اِسہ وُچھ گوڈَے زِ کاشرِس منز چھِ کینہہ لگہٕ بأش تم یم أکِس پوٗرٕ جُملس شرط، حالت، وقت، سِمت، وقوع طریقہ، آے بیترِ ہاوَنہٕ باپت بێیس جُملس تابع چھِ کران تتھی کینہہ لگہٕ بأش چھِ:

اگر، نتہٕ، ییٚلہِ، ییلہِ، یوٚ تام، تتھے، یام، یامتھ، ییٚارِ، ییٚتہِ، یتھٕ پأٹھی، یورٕ کُن، ییلہِ ییلہِ، یوٚ دوَے زن، اگر زن، ہرگاہ، تہِ گرِتھ تہِ، تمہِ باوجود۔

### 5.6.2.1 شرطی جُملہٕ

''اگر'' تہٕ ''نتہٕ'' لفظ چھِ أکِس جُملس بێیس جُملس ستی تتھٕ پأٹھی رلاوان زِ اَتھ چھےٚ جملیأتی بدلاوِ پتہٕ تابع جُملچ صورت بنان تہٕ یہِ چھُ الگ پأٹھی بےٚ معنی روزان۔ مِ:

سوٗ گوٚ ہِ سالس، اگر ژٕ تس ستی گژھکھ۔

جنید کرِ نہٕ بێین ہنز کأم، اگر تس پنٕن کمپیوٹر آسِہ۔

گاشہِ نیرِ سُلہِ صُبحأے کامہِ، اگر کانہہ تس نٔیند روٗزناوِ۔

اگر جُملہٕ ک لفظہ ترتیب چھُ بنیادی جملہ ترتیبہٕ نِشہِ مختلف۔ گُنہِ لفظس پێٹھ زور دِنہٕ باپت ہیکون کانہہ تہِ لفظ پَتھ بروٚنٹھ نِتھ، مگر راے/ کالہٕ ہاوکراوٗت چھُ بہرحال جملہٕ کِس اندس پێٹھ یوان۔ یہِ ترتیب چھُ:

کراول/ فاعل + مفعول + کراوٗت

اگر-جُملڈ ہیکون جُملس گوڈِ تہِ أنتھ تہِ اَتھ روزِ پتھ لفظہٕ ترتیب برقرار۔

اگر ژٕ تس ستی گژھکھ، سو گژھِ سالس۔

اگر جنیدس پتھ کمپیوٹر آسِہ، سہ کرِ نہٕ بێین ہنز کأم۔

اگر کانہہ گاشس نێند روزناوِ، سہ نیرِ سُلہِ صُحأے کامہِ۔

''اگر'' بجایہِ ہیکو ''ہرگاہ'' تہِ ورتأوِتھ۔

نتہٕ-جُملڈ تہِ چھُ شرط ہاوان مگر نفی کِس معنیس منز۔ مِ:

دوہے لیکھُس چِٹھی، نتہٕ لیکھس بہٕ چِٹھی۔

شامن گژھی ژٕ تِہند، نتہٕ گژھہٕ بہٕ۔

تس پزِ جلد ڈاکٹرس پان ہاوُن، نتہٕ گژھیس ژیر۔

نتہٕ-جُملڈُک لفظہٕ ترتیب چھُ:

کراوُت + کراول + مفعول

(نتہٕ) لیکھس بہٕ چِٹھی۔

نتہٕ-جُملڈ ہیکو نہٕ راے جُملڈس بُتھِ أنتھ۔

* نتہٕ لیکھس بہٕ چِٹھی، دوہے لیکھُس چِٹھی۔

نکأری شرطی جُملڈ چھُ ''یوٚتام نہٕ'' ستی تہِ بنان:

توٚتام چِہے ژٕ نہٕ چاے یوٚتام نہٕ بہٕ واتے۔

توٚتام چھُ نہٕ مے قرار یوان یوٚتام نہٕ بہٕ کأم پوٗرٕ کرٕ۔

### 5.6.2.2 رعایتی جُملڈ

''یوٚ دوَے''، ''حالانکہِ'' ''ہرگاہ'' لگہٕ بأش چھِ رعایت ہاونہٕ باپت اِکس جُملس بیٚیس جملس تابع کران۔

یوٚ دوَے زَن سُہ سیٹھاہ محنت کران چھُ، تس چھُنہٕ پوٗران۔

حالانکہِ سُہ چھُ سیٹھاہ محنت کران چھُ، تس چھُنہٕ پوٗران۔

تس چھُنہٕ پوٗران، حالانکہِ سُہ چھُ سیٹھاہ محنت کران۔

### 5.6.2.3 جورٕ لگہٕ بأش

لفظہٕ ترتیب : کراوُت + کراول + مفعول

i۔ گوڈٕ...... پتہٕ

گوڈ پرٕ ژیہِ کتاب، اِدٕ پران بہٕ۔

ii۔ اکھ......بیٚیہٕ

اکھ گرِتھ ژوٗر بیٚیہِ چھکھ تھیکان!

iii۔ یتھے ...... تیتھے

یتھے أسی گرِ دراے، تیتھے لوگن روٗد۔

iv۔ ییأری ......تیأری

ییأری ییأری ڈوٗٹھ پیوٚو، تیأری تیأری گوٚو میوٕ خراب۔

v۔ گوڈٕ ......اِدٕ

گوڈٕ وارِ پأٹھۍ تحقیق کرُن، اِدٕ گوٚژھ تس الزام لگاوُن۔

vi۔ نَے ......ما

شورِ نَے تُلہٕ ہو، کانہہ مابوزِ ہے!

vii۔ یا......نتہٕ

یا پیٚیہِ از روٗد، نتہٕ کرِتا پھ۔

viii ۔ ییٚنہٕ......تیٚنہٕ

ییٚنہٕ یہِ سرکار آو تیٚنہٕ ووٚتھ کٔہی کاس۔

ix۔ییٚلہِ ییٚلہِ......تیٚلہِ تیٚلہِ

ییٚلہِ ییٚلہِ اَتھ پارٹی اتہِ اقتدار آو تیٚلہِ تیٚلہِ لوٚگ رشوتس پوچھر۔

{باقی لگہٕ بأش جُملٕڈن ہُند تفصیل زانٕنہٕ باپت وچھِو ''لگہٕ بأش''۔}

# اصطلاحیات (Terminology)

| English | کأشُر | English | کأشُر |
|---|---|---|---|
| abbreviation | ژھوٚٹرن | ablative | آیتی کیس |
| accent | لہجہٕ | acceptability | قبول |
| accidence | لفظہٕ وکھناو | accusative | مفعولی |
| acoustics | پھورٕزان | acquisition | رٔٹُن/حصول |
| acrolect | معیارٕ بوٲلی | acronym | ژھوٚٹرن |
| active | حرکژل | acute | ٹنڈی/ترٛوش |
| address | آلو/خطاب | adjective | باوُت |
| adverb | لگہٕ بأش | affective | جذبل |
| affirmative | مثبت | affricate | بند گھرٕی |
| agentive | وسیلی | agglutinative | مارفہٕ ہاو |
| agreement | مطابقت | allative | گُنٛز (لوٚگ) |
| allophone | صوتیمہٕ پھیر | alphabet | اچھر/حرف |
| alveolar | دوٚرتالی | ambiguity | ابہام |
| amplitude | تھداو | analogy | ہشر |
| analysis | تجزیہ/ویٚژھنے | anaphor | حوالی |
| anaphora | پوٚت حوالی | anaptyxis | بُری مصوتہٕ |
| animate | زۆوی | antecedent | پوٚت حوالی |

| | | | |
|---|---|---|---|
| anthropology | بشریات | antonym | ضِدناو |
| apex | پیۆت | applied linguistics | عملی لسانیات |
| argument | | article | آرٹکل |
| articulation | پھور | aspect | آے |
| aspiration | ہگھ | assimilation | گلہٕ ون |
| auditory | سمعی | argument | واد |
| autonomous | مُختار | auxiliary verb | ڈٲکھِ کراوٗت |

B

| | | | |
|---|---|---|---|
| back | پۆت | base | ژوٚک |
| bilabial | دُوٹھی | bilingual | دُزبٲنۍ |
| binary | بۣین | bound | بند |
| bracket | بریکٹ | branching | لنجہٕ ؤہراو |
| breath | شَہہ | buccal | گلو باش |
| bundle | گیڈ | burst | بَگھ |

C

| | | | |
|---|---|---|---|
| cardinal vowel | آچھِری مصوتہٕ | case | کیس |
| caraphora | برونٹھی حوالٕی | category | ورگ |
| causative | وجوٗہی | central vowel | منز مصوتہٕ |
| chain | زنجیر | chart | چارٹ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| chroneme | صوتیمہ طول | classification | ورگہٕ بندی |
| clause | جُملَڈ | cleft sentence | پھراٹہٕ جملہ |
| close vowel | وٕٹھ مصوتہٕ | closure | ٹھرٕیُت |
| cluster | ترٚونگ | code | کوڈ |
| cognate | ہم نسب | cognitive meaning | عقلی معنی |
| cognize | زانُن/فہم | collective | جمعی |
| collocation | ہم نشینیت | command | حُکم |
| commissive | قولہٕ ہأری | common | سرٚوٚد |
| communication | ترسیل | comparative | تقابلی |
| competence | صلاحیت | complementation | پۆرٕوَن |
| component | جُز | composition | بناوٕتھ/مضمون |
| compound | مرکب | comprhension | فہم/ادراک |
| computation | شُماریات | conative | اِرأدی |
| concessive | شرطی | concatenation | زنجیر |
| concord | مطابقت | conditional | شرطی |
| conjoin | واٹہٕ | conjugation | گردان |
| conjunction | واٹوَن | connective | واٹُت |
| connotation | انسلاک/توضیح | consonant | مصمتہٕ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| constituent | جُز | constraint | مجبوری |
| constriction | ژومرن | construction | ساخت/تعمیر |
| construe | ویٛوھنے | contact | قربت |
| content | متن/معنی/سار | context | سِیاق |
| contoid | مصمتی | contour | انہار |
| contrastive | تخالُفی | conventionnal | رواجی |
| convergence | میٛل | conversation | گتھ باتھ |
| conversion | بدلاو | co-occurence | ہم جایی |
| co-ordination | واٹوَن | copula | واٹہٕ کراوٕت |
| core | مرکز | co-referential | ہم حوالٕی |
| corpus | مواد | correlation | رشتہٕ |
| correlative | جوٚر | correspondence | ہشرن/مطابقت |
| counter- | مخالف | creative | تخلیقی |
| creole | مِلمِش بوٚلی | criteria | معیار |
| cycle | گردش/اڑٕ کر | | |

D

| | | | |
|---|---|---|---|
| data | تفصیل/ڈاٹا | dative | مفعولی |
| declarative | اعلانی | declension | گردان |
| deep structure | زیریں ساخت | default | ڈِفالٹ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| definite | وائِتھ/مُعين | definition | تعريف |
| deictic | وائياڻي | deixis | وائياڻو |
| denotation | حوالهِ معني | deletion | ڇوڙير |
| dependency | انحصار | dental | ڏندي |
| derive | ڪڍڻ | dependent | منحصر |
| | | description | ويٺوهڻ/توضيح |
| development | ووڌِ واڌ | determiner | ٻَدِيائي |
| diachronic | ٻهو زماڻي | device | وَل |
| dialect | ٻولي | diacritic | اعراب |
| diglossia | ٻُزبانيت | dialectology | ٻوليات |
| diminitive | ڙهوٽڙي | diagraph | ٻُاکر |
| direct | سڌو | diphthong | مصوتهِ ميل |
| discourse | گفتار | discontinuous | ڙهيڻهِ واري |
| distinctive | ٽاڪارُڙي | displacement | جايهِ بدلي |
| ditransitive | ٻُٽڙي | distribution | ٻاگرن |
| dorsum | پُٺ زٻو | domination | غلبهِ |
| duration | ڊيگهه/طول | dummy | ٻلي |
| | | dynamic | متحرڪ |

## E

| | | | |
|---|---|---|---|
| echo | پۆت دُنی | element | عنصر |
| ellipsis | ژھۆٹرن | embed | ژءھُن |
| emotive | جذبل | empty | ژھۆر |
| encode | اشارٕ ناوُن | endocentric | مرکزاُے |
| entailment | ملزومی | entry | اندراج |
| environment | اوندپۆکھ | epicene | جنسہٕ بٔین |
| equative verb | واٹہٕ کراوُت | equivalence | ہمقدریت |
| ergative | کراوُل | error | غلطی |
| etat de langue | زمانہٕ بیۆن زبان | ethnolinguistics | قومیتی لسانیات |
| etymology | اشتقاق | evaluation | مولانکُن |
| eventive | واقعاتی | evidential | گواٗہی |
| exclamation | ژھۆٹت | exclusion | بڑوُنُن |
| exhaustive | مکمل/تفصیلی | existential | وجودی |
| exocentric | مرزٕ نیبری | exophora | نیبر ہاو |
| expansion | وہراو | experiencer | ژٔین وول |
| experimental | تجرُبٲتی | explanatory | وضاحتی |

| | | | |
|---|---|---|---|
| explicit | ٹاکأری | exponent | نٔبری جُز |
| expression | وَنت/اظہار | extention | ؤہراو |
| extraposition | خارج کرُن | | |

F

| | | | |
|---|---|---|---|
| face | روے | factitive verb | عِلتہٕ کراوُت |
| factive verbs | پۆرنہٕ کراوُت | fall | وساو |
| feature | انہار | field | میدان/شُعبہٕ |
| filter | چھأنۍ | final | اند |
| finite | ویۆد | first language | گوڈنچ زبان |
| fission | کھنڈرن | fixed | ژۄپرِتھ |
| flap | ٹأسی | flat | سۆم/ہموار |
| focus | فوکس | form | ہیت |
| formal | ہیتی | formalist | ہیت نواز |
| formative | تشکیلی | formulaic | گُفتأری |
| fortis | بَل/زور | fossilized | شِٹھوأے |
| frame | فریم/چوکھاٹ | free | یَلہٕ |
| frequency | فریکوینسی | fricative | گٔکھرۍ |
| friction | گٔکھر | front | بروٚنٹھی |
| full | بۆرُت/بٔرِتھ | functional | مُدعأے |
| fundamental | بنیادی/موٗلی | fusion | گلاوِتھ |

future tense پیٛنہٕ کال

## G

gap ژھیٖن

gender جنس

genealogical نسبی

general عمومی

generative وو پزأ ے

generic ورگہٕ

genitive ملکیتی

genre صنف

gesture حرکات

glide کھٕرل

global عالمی

glossolalia رسوٗمہٕ بولٕی

glottal گٔگی

government سرکأری

gradation درجہ بندی

gradual درجہ بہ درجہ

grammar گرامر

graph گراف

grapheme اچھٕر

grave گوٚب

grid گرِڈ

grooved خمدار

group ورگ/گاچِہ

guttural پوٚت دہأنٕی

## H

habitual عادتی

hard palate دوٚرتال

harmony آہنگ

head--- راے......

heavy گوٚب

Hertz ہأرٹز

heteronym یٖژ ناوی

hierarchy مرتبہٕ وار

| | |
|---|---|
| high | تھوِد |
| homograph | ہم اچھری |
| homophone | ہم آوازی |
| hyponym | گاچہِ ناو |

**I**

| | |
|---|---|
| ideophone | صوتہِ لفظ |
| idiom | محاورِ |
| illcutionary | تقریری |
| immediate constituent | نکھِ جُز |
| imperfective | ناتکمیلی |
| implicature | گُفتارِ ساخت |
| inalienable | اَڑھیٖن |
| inchoate | ووتھاوی |
| inclusive | بشمول |
| incompatibility | ناہشر |
| indefinite | اَویوٗد |
| indeterminate | اَ-بُدی |
| indirect | ورگہِ/لا-گتھ |

| | |
|---|---|
| historical | تاریخی |
| homonym | ہم ناوی |
| honorofic | احترامی |
| hypothesis | مفروضہِ |
| idiolect | نفرِ بولی |
| ill-formed | اڈلیوٗک |
| imitation | تقلید |
| imperative | حکمی/ملزومی |
| impersonal | غیرشخصی |
| implosive | اندری تنفّسی |
| inanimate | نے زوٗوی |
| inclusion | شموٗلیت |
| incompatible | ناہیُو |
| incorporating | مِلی ساختی |
| indeterminacy | اَ-بزَر |
| index | عیبہِ وٗوٹر |
| incessive | مقام ہاو |

| | | | |
|---|---|---|---|
| infinitive | کالہٕ کھاو | infixation | أندرٕ لگو |
| inflection | لۆگ | inflectional | لگوٕٹ |
| inmormant | اطلاع دِہند | information | اطلاع |
| ingressive | اندر تنفّسی | inherent | دأخلی/لازمی |
| initial | گوڑ جاۓ | insert | ژائُن |
| instantaneous | یکا یک | intensifier | شدت ہار |
| intentional | اِرادی | intensity | شِدت |
| interaction | گتھ باتھ | interchangeable | مبدل |
| interference | دخل دأری | interjection | ژھٹُت |
| inter-linguistic | بین لسأنی | intermediate | درمیأنی |
| internalize | دأخلاوُن | interpersonal | بین شخصی |
| interpretive | تشریحی | interrogative | پرژھُن/سوالیہ |
| intonation | ہنچھ ٹلتراو | intansitive | اَ-ترٕی |
| intrinsic | فطری/دأخلی | invariable | وجوبی/اَ-بدَل |
| inventory | فہرست | inversion | پۆت پھیر |
| irregular | بے ترتیب | isolated | بدون |
| isolating | کھنڈرن ہاو | isomorphic | مارفہٕ ہاو |
| languages | زبان | | |
| item | اَیٹم | iterative | دُہراوی |

J

| | | | |
|---|---|---|---|
| juncture | ميلن شاءِ | jussive | يرڇا آوڙي |

K

| | | | |
|---|---|---|---|
| kernel | مغزي | key | ڪليدي/ ڪليد |
| kinetic | حرڪي | kinship terms | رشتہِ ناو |

L

| | | | |
|---|---|---|---|
| label | ليبل | labial | ڏُٺي |
| labio-dental | ڏُٺهِ ڏندي | lamino-palatal | ڏندرِ تارُوءِ |
| language | زبان | langue | لينگ |
| larynx | حلق | latent | گُپت |
| lateral | اُندي | lax | لوڙ/ ڍيج |
| lema | مصدر | length | ڊگهر |
| lenis | لوڙ آواز (مِ: ڙ) | level | پايہِ |
| lexeme | معنہِ جُز | lexicon | لُغت |
| lexis | معنہ جُز | license | منظوري |
| linear | تگهِ/ قطار | lingua-franca | ڏکهِ زبان |
| lingual | زبوي | linguist | ماهرلسانيات |
| linguistics | لسانيات | link | واٿه/ رابطہِ |
| liquid | درڙي/ رطب | loan | ووزُم |

| | | | |
|---|---|---|---|
| local | مقامی | locality | اوندپوٚکھ |
| locative | مقام ہاو | locus | جایِن |
| locationary | معنہ ساویٚر | logocentrism | خیال مرکزیت |
| loudness | تھزر (آوازِ ہنٛد) | low | لوٚ ژ/لوٚت |
| lowering | لوٚ ژراو | | |

**M**

| | | | |
|---|---|---|---|
| macro- | اعلیٰ | main- | راے |
| major | بوٚڈ | manner | انداز |
| margin | حاشیہ | marked | نشأنتھ |
| marker | نشانہ | matching | موزونیت |
| matrix | بیٚخ | meaningful | بامعنی |
| medial | مٔنزِم | medium | وسیلہٕ |
| mellow | لوتہٕ وأے | mentalism | ذِہن پسندیت |
| merger | أڈرن | meta- | مابعد |
| metonymy | مجازمرسل (؟) | metrics | عروض |
| mid- | منز- | minimal | کم کھوتہٕ کم |
| modal | موڈَل (ڈکھ کراوٗت) | mode | وسیلہٕ |
| model | نموٗنہٕ | modulation | کتھِ آے |

| English | | English | |
|---|---|---|---|
| mono- | اۆکی | mood | آے |
| morph | مارف | morpheme | مارفیم |
| morphology | مارفیمیات | morphophonemic | مارفۂ صوتیاتی |
| mother | مادری | motor | حرکی |
| movement | منتقلی | muli- | یٔو- |
| multidimentional | یٔوجہول | multilateral | یٔو پاسل |
| multiligualism | یٔوزبانیٔت | mutual | باہمی |

## N

| English | | English | |
|---|---|---|---|
| narrative | بیانیہ | narrow | تنگ |
| narrowing | ژٗومرن | nasal | نسی |
| native speaker | اصل بولن وول | natural | فطری |
| negatives | نکاٗری | neo- | نٗو- |
| network | زال | neorolinguistics | عصبی لسانیات |
| neutral | نٗتھی | nexus | نکھڑ واٹھ |
| node | تھٗو | noise | شور |
| nominalization | ناوتاوٗن | nominative case | آسن کیس |
| non- | نا-/غیر- | nonsense | بکواس/ووٗرشوٗر |
| normative | معمولہ | notation | لِکھاوٹ |
| notional | تصوری | noun | ناوٗت |

| | | | |
|---|---|---|---|
| noun phrase | ناوِتی ترکیب | nucleus | جوہر |
| (NP) | (ن ت) | | |
| null | نوتھ | number | تعداد/گرینٛد |
| numeration | اعدادشمار | | |

O

| | | | |
|---|---|---|---|
| objective | مفعول | obligatory | ملزوم |
| oblique | پھرِتھ | obsolescence | متروکیت |
| obsolete | متروک | obstruction | ٹھوٚر |
| opaque | درینٛٹھأ کی | open | یَلہٕ |
| operator | عملکار | opposition | ضِد |
| optative | یژھہٲوی | optional | اختیٲری |
| oral | دہأنۍ | oral cavity | دہأنۍ وَتھ |
| order | ترتیب | ordered | ترتیب وار |
| ordinal number | وٲنۍ گرینٛد | overlapping | پیٹھٕ وہراو |
| overt | نوٚن | | |

P

| | | | |
|---|---|---|---|
| palatal | تالی | palatalization | تالرن |
| palate | تال | paradigmatic | زُمری |
| paradox | قولِ محال | parameter | الِکھ/میزان |

| | | | |
|---|---|---|---|
| paraphrase | تشریح | parataxis | ہم مقام |
| parole | پَرول/ لسائرنی ورتاو | paronym | ہم آگر |
| parsing | جُڑناوَنے | participle | کالہٖ ہوّن |
| particle | ٹوٹےٖ وتّی | parts of speech | کتھٖ جُز |
| passive | نیّش کریّے | past tense | پتَھ کال |
| pattern | ترتیب | pause | ٹھہراو |
| perfective | تکمیلی | performance | لسائی ورتاو |
| periodic | معیادی | permutation | منتقلی/ پوّت پھیُر |
| person | شخص | pharynx | پوّت اُس |
| phatic | خاًرپاٹھٖ | philology | زبانیات |
| phone | صوت | phoneme | صوتیم |
| phonetics | آوازیات | phonology | صوتیات |
| phrase | ترکیب | phrase structure | ترکیبہٖ ساخت |
| pitch | آوازٖ تھزر | place of articulation | بولن شاے |
| plosive | پھٹاکی | poetics | شعریات |
| positive | مثبت | possessive | ملکیتی |
| possible | ممکن | post- | پَس |
| postposition | پوّت جاے | pragmatic | عملی |

| | | | |
|---|---|---|---|
| predicate | کراولہٕ کتھ | prefix | گوڈٕلوٗگ |
| pre- | قبل | prepose | برونٹھ منتقلی |
| prerequisites | لوازمات | prescriptive | ہدایتی |
| presure | ژٕیل | prevarication | اِگٹھ گوجہٕ |
| primary | اَوّلی | primitive | قدیم کالُک |
| principal- | اوّل/راے | principles | اصول |
| precedure | طریقہ | process | عمل |
| production | پیداش | pro-form | مُبدَل |
| progressive | جٲری | promotion | ترقی |
| pronominalization | پرناوتاوَن | pronoun | پرناوٗت |
| proportional | متناسب | prosody | عروض |
| prothesis | صوتہٕ ہُرٕیر | prototype | گوڈٕ صورت |
| pseudo- | نقلی- | pure vowel | خالص مصوتہٕ |
| purism | خالص پسندی | | |

Q

| | | | |
|---|---|---|---|
| qualifier | خاصہٕ ہاو | quality | خاصیت/معیار |
| quantifier | مِقدارٕ ہاو | quantity | مقدار/کمیت |
| question | سوال | question word | سوالہٕ لفظ |
| quotation | قول | quotative | قولہٕ ہاو |

R

| | | | |
|---|---|---|---|
| rank | ہُد | rate | ریٹ |
| realization | عمل آوری | recessive | مغلوب |
| recipient | رٹن ہار | reciprocal | باہمی |
| reconstruction | بازتشکیل | recursive | بازواقع |
| reduction | چھونیر | redundancey | فالتویت |
| reduplication | دُہراو | reference | حوالہ |
| reflexive | معکوسی | regional | علاقہ وار |
| register | پیشہِ بولی | regularity | تواتر |
| relativization | حوالہناونے | relativity | اضافیت |
| relative pronoun | حوالہ پرناوٗت | relative clause | حوالہ جُملڈ |
| resonance | دوونی | restricted | محدود |
| retrofexion | پوّت ترائے | reversal | پھِرتھِر |
| re-write rule | بازتحریری اصول | rhetoric | بلاغت |
| rhyme | قافیہ | rhythm | آہنگ/وزن |
| root | موئل | round | گول |
| rule | روئل/قاعدہ | | |

S

| | | | |
|---|---|---|---|
| sandhi | ساندھی | scansion | تقطیع |
| scope | گنجایش | secondary | ثانوی |
| segment | کھنٔڈ | segmentation | کھنٔڈرن |
| selective | انتخابی | semantics | معنیات |
| sememe | معنہ اِکاۓ | semi- | نیم |
| semiotics | اشاریات | sense | مفہوم |
| sentence | جُملہٕ | sequence | تگ |
| series | سیریز | shallow | ٹاٹُر |
| sharp | تیز | sibilant | شُرنیل |
| sign | اشارٕ | signifier | اشارٕ ہاوکھ |
| signified | اشارٕنوو | simple | سادٕ |
| singlular | واحد | situational | موقعی |
| slit | کھرٕ پھ | slct | شاے |
| social | سمأجی | sociology | سماجیات |
| soft consonant | لیوٚ ز مصمتہٕ | sonograph | سونوگراف |
| sonorant | بے واپہٕ آواز | sound | آواز |
| sound symbolism | آوازٕ علامتیت | sound system | آوازٕ نظام |

| | |
|---|---|
| source | آگر |
| spectogragh | سپیکٹوگراف |
| speech act | بولن واقعہ |
| spirant | گھِڑی |
| spreading | ڈِہراو |
| standardization | معیار بندی |
| state | باوُن |
| satic | ٹِکتھ |
| stereotype | اَبدَل (وِنتی) |
| stratification | تہداُری |
| stress | بار |
| stricture | ژمیر |
| strong form | زوردار ہیت |
| structural | ساختیاتی |
| structural ambiguity | ساختی ابہام |
| structure | ساخت |
| stylistics | اسلوبیات |
| sub- | تحت- |

| | |
|---|---|
| speaker | باوَکھ/بولن وول |
| speech | بولی |
| speed | رفتار |
| spoken mediun | بولہِ وسیلہِ |
| stability | استحکام/ڈنجر |
| state | صورتحال |
| statement | بیان |
| stem | گونڈ |
| stops | تھوڑی |
| strength | زور/بَل |
| stressed | باردار |
| string | مال |
| structuralism | ساختیات |
| structuralist | ساختیات پسند |
| structural change | ساختی بدلاو |
| style | اُسلوب |
| stylistic | اُسلوبی |
| subject | فاعل |

| English | کٲشُر | English | کٲشُر |
|---|---|---|---|
| subject | موضوع | subjective case | فاعلی کیس |
| subjunct | تابع لگہٕ بأش | subjunctive mood | کانچھن آے |
| subordibation | جُملہٕ مِلوَن/ تحتوٗن | subordinator | تحتوٗن |
| subordinate clause | تحت جُملہٕ | subsegment | تحت جُز |
| substance | مواد | substantive | لفظہٕ ورگ |
| substitution | تبادُل | subtraction | والُن/تفریق |
| suction | دام | suffix | پۆت لوٗگ |
| superlative | اعلیٰ ترین | uperordinate | بالا- |
| supplementary | اضافی | suppletive | وکھر |
| supra- | -ہیوٚر | suprasegmenta phonemes | پیٚٹھی-صوتیم |
| surface structure | سطحی ساخت | syllable | لفظہٕ |
| synchronic | اوک زمأنی | synonym | ہم معنی |
| syntagmatic relation | تگہِ رشتہٕ/ تگہِ ترتیب | syntax | جُملیات |
| synthesis | مِلوَن/ | synthetic | |
| system | نظام/ قاعدٕ | systematic | منظم |

| | | | |
|---|---|---|---|
| systemic | قاعدہ وار | | |

T

| | | | |
|---|---|---|---|
| table | ٹیبل | tacit | فطری/اَندری |
| tag- | ٹھی- | tap | ٹھس |
| target | منزِل/مقصود | tautolgy | بکی باوَتھ |
| taxis | (قاعدہ بند) ترتیب | taxonomy | ذاڑ باگے |
| tempo | وُڑھ/رفتار | tenor | |
| tense | کال | tensed | تناوی/چاڑِتھ |
| tension | تناو/چار | terminal | اندشائے |
| test | ٹیسٹ | text | متن |
| textuality | متنیت | theme | موضوع |
| theory | نظریہ | timing | معیاد |
| tip | پیوت | tone | کتھڑ آے |
| tongue | زبو/زبان | topic | عنوان |
| tradition | روایت | traditional | روایتی |
| transcription | واڑکھن/تحریر | transfer | منتقلی |
| transformation | تغیر | transformational | تغیراتی |
| transition | بدلاو | transitive | ٹڑی |
| transitivity | ٹڑی ترائے | transparent | شفاف |
| tree-diagram | گلی شکل | triadic | ترکونی |
| triangle | تِکون | trill | تھتھرل |

| | | | |
|---|---|---|---|
| tripthong | ترٕمصوتہٕ | type | ورگ |
| typological linguistics | ورگہٕ لِکھ لسانیات | | |

U

| | | | |
|---|---|---|---|
| ultimate | اَنتہأے | un- | نا- /اَ- |
| unaspirated | اَہکأری | unification | یکتاوُن |
| underlying | زیٖریٖن | ungrammatical | غیرگرامری |
| unilateral | اوک پاسل | unit | اِکأیی |
| universal | آفأقی | universality | آفاقیت |
| unproductive | نےٚ بۄن | unvoiced | اَوٕزی |
| usage | ورتاو | utterance | وَنت |
| uvular | پۆت تالٕی | | |

V

| | | | |
|---|---|---|---|
| value | مول/قدر | variable | پھیٖر |
| variety | تفریق | velar | اوژھ تالٕی |
| verb | کراوٕت | verb phrase | کراوٕتی ترکیب |
| | | VP | ک ت |
| vocal cords | پھوٕر داوٕ/ پھوٕرنأر | vocal organs | بولن تان |
| vocal tract | پھوٕروَتھ | vocative | آلوی |
| voice | پھور | vowel | مصوتہٕ |

## W

wave لہر

weak form لوٚژصورت

wide کھوٚل

word لفظ

word formation لفظہٕ تھُرَے

word order لفظہٕ ترتیب

## Y

yes-no question آ/نا سوال

## Z

zero صِفر

# کتاب نامہ

## {کأشرِ گرامرُک}

1. Bhat, Roop Krishan, 1987. *A Descriptive Study of Kashmiri.* Delhi: Amar Prakashan.

2. Buhler. G. *Detailed Report of a Tour in Search of Sanskrit MSS Made in Kashmir, Rajputana and Central India.* Bombay : JRAS. pp.

3. Burkhard, K.L. 1895. *Essays on Kashmiri Grammar.* Tr. & ed. G.A. Grierson. The Indian Aantiquary, vols. 24-31.

4. Edgeworth, M.P. 1841. " Grammar and Vocabulary of the Kashmiri Language" in *JRASB* 10, pt. 2. pp. 1038-64.

5. Elmslie, W.J. 1872. *A vocabulary of the Kashmiri Language.* (2 parts), London.

6. Grierson, G.A. 1911. *A Standard Manual of the Kashmiri Language.* 2 vols. Oxford : Clarendon Press.

7. ______, 1919. *The Linguistic Survey of India*, vol.VIII, part 2.

8. ______,1932. *A Dictionary of the Kashmiri Language*. Calcutta: Royal Asiatic Society of Bengal

9. Hook, Peter Edwin. 1976. " Is Kashmiri aV/2 Language?" in *Indian Linguistics,* 37; pp. 137-42.

10. Hook, Peter Edwin and Koul, Omkar N. 1984 *Aspects of Kashmiri Linguistics*. Delhi : Bahri Publications.

11. Kachru, Braj B.1969. *A Reference Grammar of Kashmiri*. ( Mimeographed) Urbana : Department of Linguistics, University of Illinois.

12. ____________ 1973. *An Introduction to Spoken Kashmiri,*

( Mimeographed) Urbana : Department of Linguistics, University of Illinois.

13. Kak, Adil Amin and Ratan Talashi, 1995. *keeshryich grammari vyatshnay. ( A Grammatical Description of Kashmiri).* Srinagar
14. Kaula , Ishwara. 1898. *Kacmirasabdamritam* . ed. Grierson, G.A. Calcutta : Asiatic Society of Bengal.
15. Koul, Omkar N. 1977. *Linguistic Studies in Kashmiri.* Delhi : Bahri Publications.
16. ________1985. *An Intensive Course in Kashmiri.* Mysore : CIIL.
17. ________1987. *Spoken Kashmiri.* Patiala.
18.________ 1995. *An Intermediate Course in Kashmiri.* Mysore: CIIL.
19. Leech , R.C.B. 1844. " A Grammar of the Kashmiri Language" in *JRAB,* 13, pt. I. : pp. 397-420; pt. 2. pp. 553- 570.
20. Morgenstierne, George. 1943. " Dardic and Kafir Languages" in *The Encyclopaedia of Islam.* vol.2, fasc. 25. Leiden : E.J. Bril. pp. 138-139.
21. Naji Munawar and Shafi Shauq. 1973. *keeshur grammar.* Kaprin: Keeshir Bazmi Adab.
22. Nishat Ansari. 1979. *nov keeshur grammar.* Delina. Halqai adab.
23. Razdaan, Satya Bhama.2002. *Kashmir Grammar : History and Structure.* Srinagar : Vijay Publications.
24. Shauq, Shafi. 1982. *A Study of Syntactic Patterns of Statements in English and Kashmiri.* ( M.Phil thesis). Srinagar :Deptt. of English, University of Kashmir.
25. _______ 1985. *A Contrastive Study of Some Syntactic Patterns of English and Kashmiri.* (Ph. D thesis). Srinagar :Deptt. of English, University of Kashmir.
26.______ 2007. " Kashmiri Language : Origin and Development," in *Perspectives in Liguistics.* Deptt. of Linguistics, University of

Kashmir.

27. Wade. T.R. 1888. *A Grammar of the Kashmiri Language as Spoken in the Valley of Kashmir, North India.* London : Society for Promoting Christian Knowledge.
28. Wali, Kashi and Koul, Omkar N. *Kashmir ( Descriptive Grammars Series*). London and New York : Routledge.
29. Zakharyin, B.A. 1984. " Kashmiri and the Typology of South Asian Languages," in *Aspects of Kashmiri Linguistics.* Delhi : Bahri Publications.

*Quem {usus} penes arbitrium est ius et norma loquendi*

use is the judge, and law, and rule of speech.

Horace (65-8 BC) : *De Arte Poetica*, P. 72.

ورتاوِ ے چھُ زبانہ ہند منصف تہ قانون تہ اصول ۔

ہورِس (65ق م تا8ق م): شاعریہِ ہند فن

ترجمہ: شفیع شوق (انہار :1980ء؛ ادبی تنقید ، جلد ii)

# کأشریک گرامر

## شفیع شوق

Sole Distributor :

**Umaid Mansoor Wani,**

Wani KItab Ghar, Shopian-231903

Mob. : 9419997240

این۔ایس پبلکیشنز

کاپرن، شوپیان، کشمیر/

سنّی ہائٹس، بٹپور، نسیم باغ، سرینگر-190006

Mob. 9797193345

ISBN : 81-87581-04-2

Price : Rs. 200.00